اکھ افسانہ کتاب

ییتہٕ شایہ وچھک شیشُک ہاوس چھہ سنگتانس
ممکن چھہ دتنی سمکھی، آکو دِزہ انسانس
(راہی)

# شیشہ تہٕ سنگِستان

صوفی غلام محمد

# شیشۂ سنگستان

افسانہ

صوفی غلام محمد

# ترتیب





---

# اِنتساب

صوفی محی الدین نِہ ناوٕ

یِمہٕ ہُنٛدٕ تام پَنُن پان پرزٕ نوو •

# گوڈٕ کتھ

افسانہٕ کیا چھُ تہٕ زندگی ہیٚتھ کیاہ چھُ اَمیُک اثر۔ یہٕ کتھ چھےٚ وُنیُو کتام وِزہ چِزہ وٕیَژہٕ نادِنہٕ آمٕژ۔ یہِ ہیٚتھ کانہہ ادب چھُ پننہِ اَندٕکِکی ماحولُک اَثرٕ آسان۔ ادب چھُ سُہ آنٕہ یُمہِ منٛزٕ اکھ انسان وقتکی تہٕ ماحولکی عکس چھُ وُچھان۔ افسانہ چھُ ادبُچ اکھ زانٛوٕجہ صنف، تہٕ یہِ صنف چھےٚ وُنی کیٚنس پریٚتھ جایہِ پننہِ رنگہٕ تہٕ پننہِ آیہِ دوہہ پدان تہٕ وۄتلان کشیرِ منٛز چھُ افسانہٕ اکھ نوٚو چیز۔ اکھ معمولی کتھ افسانس منٛز پیش کرٕتھ یَمَن والٕین ہیٚتھ کیٚس اثر تراوان چھُ۔ سُہ اثر چھُ پُرنی والین زندگی نوٚو لۄب بخشان۔ اکھ افسانہ یُوت زیادٕہ زندگی تہٕ حقیقتس نزدیک چھُ آسان تیُوت چھُ سُہ پَرن وٲلِس ہیٚتھ زیادٕہ اثر تراوان۔

ڈُنیوٗ کتام چھِ کاشرِس ادبس منٛز گۄڈ افسانوی کتابہٕ چھپیمژٕ یمن منٛز اختر محی الدینٕنۍ ستہ سنگس تہٕ سونٛزل۔ اوتار کرشن رہبرن نبوگ تہٕ بنسی نردوشن بال ہ آیو شامل چھِ۔ بیٚیہ کیٚنہہ دوست تہٕ چھِ پنٕنۍ افسانہٕ چھاپنہ خاطرٕ آیہ گرایہ کران۔ میانۍ یہ کتاب چھِ کاشرِس ادبس منٛز پینٛژِم افسانوی کتاب۔ اَتھ منٛز چھِ کُل ستھ افسانہٕ یم میہ ۱۹۵۵ سنہٕ پیٚٹھٕ ڈُنیوٗ کتام یعنی ۱۹۶۱ سنہٕ ہس تام ؤزٕ ؤزٕ لیٚکھی متۍ چھِ۔ یموٚ افسانوٚ منٛز چھُ "ژٕنہٕ ژٕدٕر مولن پیٚدن افسانہٕ۔ نوش لب تہٕ عجیب ملک لیوٚکھ میہ اوتہٕ یعنی ۲۷ دسمبر ۱۹۵۵ سنہٕ پیٚٹھٕ ڈُنیوٗ کتام چھِ میہ کُل ۱۲ افسانہٕ لیٚکھی متۍ۔ یِم ساری افسانہٕ چھِ میہ مختلف ادبی انجمن منٛز پرِی متۍ۔ بوزن والیو یم افسانہٕ پسند کٔر تہٕ یم میہ پانہٕ تہٕ پسند چھِ تمن سارنی چھِ یتھ کتابہٕ منٛز میہ جاے دژمٕژ۔ ژٕنہٕ ژٕدٕر چھُ ریڈیو کشمیرٕ پیٚٹھٕ تہٕ نشر کرنہٕ آمت۔ کیٚنہہ افسانہٕ چھِ گُلریز تہٕ کونگ پوشس منٛز چھپی متۍ۔ لگ بھگ سارنی افسانن چھُ میہ پانے اُردوٗ پاٹھۍ ترجمہ کوٚرمُت۔

میانۍ یِم افسانہٕ کیاہ چھِ ہاوان۔ زندگی تہٕ ماحولہ کیٚن کمن پہلون چھِ فاش کران تہٕ وَنہٕ بہٕ۔ بہٕ ؤنہٕ یہ زٕ کوشرٕ افسانہٕ چھُ وٚنٛتھِ کنہِ دہ دہ شُر گرامی

یُس گوٚ بۄڈ ہوو تِمَو بێہنوو یِہ بڑێن منٛز ۔ یہِ کتھ چھےٚ کأشرِ ادبہٕ خأطرٕ رۄژ۔ کأشرێو افسانٕوِیُس تقرٛر کٔمسی کالس منٛز ہیوو۔ تہٕ وُچھت ژھےٚ سأنۍ شانہٕ وعہ پٔدان۔

●

اکھ نُودار ادب پھانچھلاوُنہٕ تہٕ اَکھ گوڈ بھرنہٕ خأطرٕ چھےٚ بے لاگ تنقید اکھ ضروری چیز۔ بێ لاگ تنقید ہیکہِ ادبکِس گلتانَس شولہِ نأوِتھ۔ اگر سون ادب تنقیدِ نِش آزاد رُود تێلہِ لگہ نہٕ یہِ سێرِ وۆتہ اَمِہ منٛزٕ ووٚہپدان تِتھو چیز یِم اَکھ تقرٛر دِنہٕ کھوتہٕ بوٚہنی والنٛ تێلہِ ادب ووٚہپدان چھُ تێلہِ چھُ تنقیدی ادب تہٕ نۆن نیران تہٕ ادبَس وێژھ نادان۔ لہٰذا چھُ یہِ ضروری کہ ادب تخلیق کرنَس سیتی سیتۍ گژھن اَمِکۍ چھۆکتہٕ کرہنہٕ الگ الگ کڈن وألۍ تہٕ بروٚنٛہہ پکنۍ۔ تِم گژھن نہٕ مصلحتَن ہندۍ شکار آسنۍ۔ تِم گژھن تہٕ وننۍ یِہ زِ تِم ایمان دأرۍ سان محسوس کرَن تہٕ پننۍ رائے ظأہر کرنہٕ خأطرٕ گژھہ نہٕ تِمن کانٛہہ آیہ دایہ آسُن۔

●

کأشرِ ادبکۍ معترض چھےٚ عموماً تِم شخص لبنہٕ یوان یِم نہٕ دراصل

کوشُر پٔرِتھ چھِ ہیکان۔ یِم اگر ذرا توجہ سان کوشُر پرٛن ہیٚچھن تیٚلہِ چھِ یقینی
زِ تِم کرَن تِتھۍ کُنۍ کاشرۍ افسانہٕ تہٕ ناولہٕ پسند یِتھہٕ کُنۍ تِم اُردو،
ہِندی یا انگریزی افسانہ یا ناول پسند کران چھِ۔ پرٛنہٕ روٗستی کُنہ چیزس
متعلق کانٛہہ خیال ظاہر کرُن چھُ اکھ بوٚڈ عٲب۔ تہٕ اَمہِ عٲبُک
زیادٕہ شِکار چھُ سون پوٚرمُت لیٚکھمُت طبقہ۔

بہ چھُس وومید کران زِ یِمَن دوستَن اَتھہِ میٲنۍ یہِ کتاب لگِہ
تِم پرَن یہِ توجہ سان۔ کوشُر پرُن چھُنہٕ مُشکل۔ ووٚنۍ چھُ اَتھہِ یِنُن رسم
خط۔ یُس شخص پرٛنہٕ روٗستی میانہِ یتھ کتابہِ متعلق کانٛہہ رایہِ قٲیِم
کرِ سہ چھُ نہ صرف مےٚ سیٚتۍ ظُلم کران بلکہ پنٛنس پانس تہٕ دھوکہٕ
دِوان۔ بہرحال مےٚ چھِ ووٚمید زِ یُس شخص میٲنۍ کتاب مُنگِت یا مُلہٕ
ہیٚتھ حاصل کرِ سہ پرِ یہِ سٮ۪ہ دِلہٕ تہٕ پتہٕ پٔرِتھ کرِ اَتھ متعلق پنٕنۍ
صحی رائے قٲیِم۔

۳۰ دسمبر ۱۹۶۱ء

صوفی غلام محمد

# ژٕنہٕ ژوٗر

( غنی - عبداللہ تہٕ محمدٕ - ییم ترٛیشۆرے زٕنۍ أسۍ
أکِس ہی جایہِ کأم کران۔ غنی سُنز کأم أس اوٹ منڈُن۔ خنبیر
اَڈراوٕنۍ - تندورس واو دِیُن - ہیرٕ بناوٕنۍ - تم ٹھرٕنۍ تہٕ تِمن
پیٚٹھ تیل یا خشخاش دِیُن - عبداللہ سُنز کأم أس تندورس
زیُن لاگُن۔ تیل چھلُن - آب اَنُن - تختہٕ زٕلُن تہٕ صاف کرُن
بیٚیہ زیُن پھالہِ نأوُن — محمد اوس یِمن وۆہستہٕ، تمۍ سُنز
کأم أس ژوچہِ ژوچہِ ورٕکۍ بیٚیہ باقی چیز تندورس لاگُن )
غنی تہٕ عبداللہ أسۍ عہ کٕٹہٕ پانہٕ پیٚٹھہٕ سُلطان صوٗفس
رٕنش کأم کران۔ وُنۍ کیٚنہہ أس غنی سُنز وأنس ۲۵ ورِی تہٕ

عبداللہ ہیز تہٕ اُمس لگ بھگ ییہے وٲنسہ۔ مگر نہ اوس غنیٖ ییس یاد رزٕ تمِس کوٚت کال گوو سُلطان صوٗفِس نش کأم کران تہٕ نہ اوس عبداللہ ہس یاد۔ تمِ اُمی اکھ اَکِس پتہٕ آمتۍ تہٕ اُکِس کاندرکأم ہیٚبرِ ہرٕ شروع کرِنۍ تہٕ ازتام اُمی تمِ برابر بیہیتھ کأم کران۔ محمدٕ — پیٚہند وۄسۍتہٕ اوس نوٚ نۆوی سُلطان صوٗفِس نش آمُت۔ اُمِس برونٛہہ اوس فادِر تمی سنزِ جایہِ کأم کران۔ تِمتہٕ اوس لۄکٹہٕ پانہٕ بیٚہتھٕ سُلطان صوٗفِس نِش ہیوٚمنوکری کران۔ مگر ازکینٛہہ کال برونٛہہ اوس سُہ مرِت گوٚمُت تہٕ تمی سنزِ جایہِ اوس سُلطان صوٗفی محمدٕ اَنِ مُت۔

سُلطان صوٗفِس اوس بازرس منٛز گوٚس بیٚٹھ وان۔ اُمی سندِ اتھ وانسَ برونٛہہ کنہِ اوس لۄکن ہیٚند زیادہ آمدرَف۔ ییمہٕ کِنۍ اُمِس باقی کاندرَن ہندِ خوتہٕ زیادہ کأم اُس۔ سارِی سیٚی بازرس منٛز اوس سُہ کاندُری، ییٚس دۄہس پانژھ شیٚہ ژوچہٕ وُری بچہٕ، گلچہٕ اکھ پُٹھ تہٕ ژور پانژ ہتھ ژاک ژوچہٕ اوس کران۔ اَمہِ علاوہ اوس تمی سُند وان پونٛڈ نیوٚ، ڈاغنیوٚ

بٲقرٕ خانیو تہٕ گُلچو سیٚتؠ بٔرِتھ آسان۔ تہٕ اوس دٔہی دوہس اَندرٕ
کارخانہ منٛزٕ پھوتیو پھوتیو ژوچہ وُرِ کڑان تہٕ نیٚبرٕ ژوٗ یاگہِ دار
کُرسی بیٚہِتھ تھاوان تِندلہِ لأگِتھ۔ مگر لاگان لاگان آسہِ تِم
خریدار مُلی ہیٚوان۔ تِمِس نِش آسہِ ہتہٕ بُدی خریدار اِوان تہٕ دٔپان
دوہن آنَن، ژوہن ژوہن آنَن، روپیہِ دوہن دوہن روپیہِ ژوچہِ
ہیٚن نِوان۔ سُلطان صُوفی اوس یِتھُن وان مہرٕ ہندِ کر بٲٹھی
پیٚیرِتھ تہٕ شیرِتھ تھوومُت۔ تہٕ آسی آسہِ ساری تُرُک تِمو رٕسٕنزٕ
بلایہِ لگان۔ تِمو اوس ڈوٗنی ہانٛچہ ہُند سندانہٕ بناوُنوٗمُت۔ یتھ
منٛز تہٕ پوشہ اوس تھاوان۔ سندانس سیتؠ اَس کُرسی یتھ بیٚہِتھ
تِمو دَشہٕ دار کیٚرٕ ژادر اَس وِہراوِتھ۔ اَتھ ژادرِ بیٚہِتھ اوس
تہٕ ژوچہ وُرِ گُلچہ سجاوِتھ تھاوان۔ کُرسی ہندس پیٚٹھِمِس
پاوس بیٚہِتھ آسہِ رنگ گرِتھ شیشو ٹِین یِمَن منٛز۔ اَلگ اَلگ
باقرخانہٕ، قتلم تہٕ گُلچہ آسہ۔ یِمَن رنگ دار ٹِینن پیٚٹھ کَن آسہِ
لبہِ تصویرٕ الاندی۔ اَکِس تصویرِس اوس وٕیتھو حرفو "اللہ"
تہٕ بیٚیِس "محمد ﷺ" لیکھِتھ۔ اَمہِ علاوہ آسہِ تِم قرآنہٕ کین

سارِہین سۄرن زیٖمہِ بناوِی آسہٕ۔ یِم چھےٚ تہِنٛزِ "ایمان داری" ہنٛزٕ گواہی
خاطرٕ اَسی تھاوِی آسہٕ۔

دانِش اَندرِ کیٚنہ اوس اَکھ کُنٛٹھہٕ۔ یُس کارخانہ اوس تہٕ یتھ
منٛز عُنی، عبداللہ تہٕ محمدؐ کامہٕ اَسی کران۔ اَتھ کارخانس منٛز اوس
رتیٖرٕت دہِ تہٕ اَنہِ گٹہٕ زٕہ اندر اوسہٕ بنان اَژن۔ لبہٕ تہٕ تالو اوس
دِہہ سیٹھاہ گرمین کال ہیوٚ گومُت۔ اَتھ کارخانس اَس نہٕ کانٛہہ
داگ نہٕ کانٛہہ بر۔ صرف اندر اژنہٕ خاطرٕ اَس داچ اَکھ بھالو پٹھ
بٔیلہٕ بیپاری کارخانس منٛز گاش اوس اَژان تہٕ دہِ اوس نیران۔
کارخانس منٛز باگ اوس تندورہٕ۔ صُبحہٕ بیٚیٹھ دہہ لوسنس تانی
اوس یہ دٔہان آسان۔ یہ تندورہٕ اوس کم ازکم ژور یا پانٛژ مَن
زیٖن دہہس ہضم کران۔ تندورس اَکہِ طرفہٕ اوس انسان تھرٕ زٕ
زیٖن کھسہٕ کھۄر آمُت کرنہٕ۔ یتھ منٛز یِم ترٕیہ کارہٕ باجہٕ صُبحہٕ بیٚیٹھ
شام تانی نژان آسہٕ۔ بٔلہٕ دانِش اَندہٕ اَندی چکر لگاوِنہٕ خاطرٕ
چھ آسان دانِس دانِس سیٹھاہ کھلہٕ ڈٕلہٕ جاے۔ مگر یِمن
ترٕین زیٖنٛن بیہہ جاے اَس سہٕ اَس ساہ ساہ زور فٹ

کھجرِ تہٕ پانژ فٹ زیٖچھرٕ۔
ژیٚنٛجنس کوٚ کر بانٛگہِ برونٛہہٕ ٹھۍ آسی ترٛیشوٚسے کارٕ باعجِ وۄتھان تہٕ کارخانس منٛز وٚسان تہٕ شامس چیٚن ستن بجن تام آسی کارخانس منٛز روزان۔ کارخانس منٛزٕ موکلت آسی اکھ آٹھ گنٛٹس منٛز اژان۔ تہٕ رازٕ ہنزٕن دہن بجن تام اوٚٹ چھانان۔ اَمہ پتہٕ بتہٕ کھیٚوان تہٕ شٹھ تھٕ ڈاف تراوان۔ نیٚندرِ گھنٛٹہٕ جوراہ کرتھ تیٚیہ وۄتھان تہٕ کارخانس منٛز اژان۔ تہٕ کارخانسی منٛز رات تہٕ کمٲوان تہٕ دوٚہ تہٕ۔ گاش گژھِہ بجہ چھُ پھۄلان۔ تاپ گژھِہ بجہ بیٚیٹھ گژھن بجن تام چھُ آسان، دوٚہ کر چھُ لوسان۔ شام کر چھُ گژھان۔
یِمن سارِنی چیزن ہنٛز اَتھ نہٕ تِمن خبرٕ آسان۔ تِم آسی ژگہِ سانٛسن پتہٕ اکھ تیار کرِمژٕ ژوٚہ چھ۔ ژوٚہ چھ ورٕی، کلچِہ تہٕ باقرخانہٕ کھیاوان۔ مگر تِمن اوسنہٕ کھیٚنس زانان۔ تِہنٛدٕ اکھ تیار کرِمژٕ باقرخانہٕ آسہٕ ڈالہِ پیٚوان پتہٕ۔ تِمن بیٚیٹھ یِوان سجاونہٕ دیٚوان خانن منٛز قہوس یِوان تراونہٕ۔ ستن دوٚہن ہنٛزٕ کھرنہٕ چندس یِوان برنہٕ۔ مگر یِمن زاوی جیٚن تہٕ ترک ترٛک کرِہ وٚنیٚن

باقرخانٕین ہندی بناوَن وٲلۍ آسۍ دُنیا تہٕ دُنیاہکین لُکن ژُورہ دُنیاہس منٛز آسِتھ تہٕ آسۍ تِمہٕ دُنیاہہ نِشہٕ سیٹھاہ دُور۔

غنۍ یِن تہٕ عبداللہ ہَن بینہٕ بیٹھہٕ سُلطان صوفس نِش کام اَس ہیٚژمژ کرٕنۍ۔ تِنہٕ بیٹھہٕ اوس تِمو صرف دوہہٕ کِنہٕ ترٛییہ لَٹہٕ تھک کوٚڈمُت۔ گوڈنیک تھک اوس تِمو تِمہٕ دوہہ کوٚڈمُت یٚیلہٕ سُلطان صوفس گمہٕ ڈٕنٛج زنانہٕ اَس مٕژ۔ ماتم آسنہٕ کِنۍ اوس سُلطان صوفنۍ ترٛین دوہن کارخانہ بند کوٚرمُت۔ غنۍ ین تہٕ عبداللہ ہَن اوس اکھ زٕیُوٹھ دوہ شاہ ترووُمت تہٕ ووٚنمُت۔

" وائے یِتھۍ دوہ گُژھہِ دوہے ینہٕ !"

بیاکھ تھک اوس تِمو تِمہٕ دوہہ کوٚڈمُت یٚیلہٕ سُلطان صوفنۍ دٔیِم نیتھر اوس کوٚرمُت۔ تہٕ نادِد کَدٕلہٕ کِس محمدی کاندرٕنۍ اَنہٕ ہُرِش کوٗر اَسن گَرہٕ اَنٕمٕژ۔ اَمہٕ دوہہ اوس سُلطان صوفنۍ دُمَس منٛز واژہٕ وان لوگمُت تہٕ نوٚ زنانہٕ اَنِنٛچہٕ خوشی منٛز اوسُن دوہس کارخانہ بند کوٚرمُت۔ مگر یِتھۍ موقہٕ آسۍ نہٕ تِمن پرٛیتھ وِزہٕ حاصِل سپدان۔ تِم آسۍ صُبحنس وِزِ خدایس دُعا منگان

زٕ تِمَن گژھِہ تھک تہٕ آرام کرنہٕ خاطرٕ دٕہہ جوراہ بیلنی۔ مگر توتانی کیتھہٕ کُنی ہیکہٕ ہے تِمَن یہ موقہٕ حاصل سپدِتھ یُتانی زٕ سُلطان صوفس دوٚیِم زنانہٕ مرِہا یا پانہٕ مرِہا۔

کھیٚن چیٚن تہٕ پلو پوشاکہ علاوٕ آسہٕ غنی لس تہٕ عبداللہ ہس ۱۲ ۱۲ باہ باہ روپیہ تنخواہ۔ کھیٚن چیٚن تھِہنہٕ اوس کانٛہہ تہٕ شامس بتہٕ بیٚیہ چایہٕ زٕہ۔ بتہٕ اوس تِمَن میٚنتہٕ تہٕ دولت آسان۔ لوکٹین کتروٚن گِشکاپن منز باوٕ باوٕ درنہٕ۔ تتھٕ بیٚٹھ مرژٕ وانگن دار ہاکس ژورژِد لُٹ۔ بتہٕ سیٚتی آسہٕ تِمَن یٚڈ پُوان کیٚنہہ۔ البتہٕ ژھہ چہ تہٕ ژھہ چ وٕری آسی تِم سیٚٹھاہ کھیوان۔ سُلطان صوفس بِچی نہٕ کیٚنہہ بلکہ تِمس ژوٚرٕ ژوٚرٕ۔ سُلطان صوفی اوس تِمَن پورٕ رٲچھ کران۔ زٕ یتھنہٕ تِم ژوٚرٕ ژھیٚنیہ ژھہ چہ وٕری کھیٚن۔ مگر تِم آسی دزٕ وٕنس تندورس منز زلہٕ وٕنی ژھہ چہ وٕری دِمان دارٕتھ۔ تندورٕ تُلی رُنب ژانان تہٕ سیٚتھہٕ سیٚتی تِم ژوٚرٕ ژوٚرٕ کڈان۔ تہٕ پتھ کُنی اوسنہٕ سُلطان صوفنیٚن ملایکن تہٕ پتاہ روزان زٕ تِم کیا گژھ ژھہ چہ وٕری غایب کران۔ تِمو اوس کارخانس منز تندورس سیٚتی بیٚیہ

اکھ گژھ کوٗرمُت۔ یتھ منز تمہ ژوٗہ چہ تہٕ ژٕہ چہ ورٕی ژوٗرہ اٮ۪سی
لقاوان تہٕ شامس اکھ گنٛٹہٕ منز کھیٚوان۔

پوشاک تہُنٛد اوس اکھ قمیض تہٕ اکھ پیزار۔ یُس تمہ
راتس تہٕ تامہ اٮ۪سی لقاوان تہٕ دوہس تہٕ۔ اَکھ پیزارس قمیضہٕ اٮ۪سی
تمہ اَکھہٕ لبعرتہٕ دوہ لقراوان تہٕ نفس تہٕ۔ خنیرہ مایہ سِسنگو اٮ۪سی
تہنٛدی تمہ کلوٗ بستہٕ ہیر گامُتہٕ۔

تنخواہ اٮ۪سی دوہ شوٚے سُلطان صوٗفس نِش سوٗ مبراوان۔
وہری شٮ۪نیہ رٮ۪تہ اوسُک مول معج یا کانٛہہ آشناو لگامہٕ پٮ۪ٹھ
وُسان تہٕ تیمی اَکھہٕ اٮ۪سی تمہ پنٛنہٕ تنخواہ یا ثہ حوالہٕ کران۔
سُلطان صوٗفی اوس تمن تنخواہس تہٕ اَڈم زٕڈ کران تہٕ پانژہ
روپیہ بدلہٕ ڈھایہ روپیہ دِوان۔
"وُچھو پتمہ رٮ۪تہٕ پیوک بیٚمار۔ دوہس لگی باہ آنہٕ
انجکشنس پانژ روپیہ۔"
"تمہ دوہ کوٗرُت نقصان ژٕہ چہ وُرِٹ زاگِتہ تتھ
پھٮ۪سے داہ روپیہ ژٕ ثان۔"

تِم اَسی صِرف "اَمِن حِفظ" کران تہٕ قٕی مانان تہٕ تِمَن سُلطان محمدٕ فٕنان اوس۔ اگر اَحتین رٕیتَن باہ ١٢ روپیہ کرِتھ ٩٩ روپیہ تنخواہ آسہٕ واتان۔ شہ اوسُک پٮ۪نژہہ روپیہ دِوان۔ پٮ۪ٹھ اوسُک نیٖصفہٕ کھمہٕ تہٕ زیادہ رقم تُل ژٲن۔

کارخانس منز ووسِتھ اَسی تِم تِتھہٕ کٔنی کام کران یِتھہٕ کٔنہٕ کٔنہٕ مشینہٕ چَند پُرزہٕ۔ بجلی پاورہٕ سیتی حرکت چھہٕ کران۔ غنی مہٕ چھہٕ زٕ ٢ دٕرٕتھہٕ ٹھٹھلِس منز اوٹھ مندٲن۔ عبدالله شُپہٕ سیتی تندورس واو کران۔ وشہٕ سیتہٕ محمد دزہٕ ووٕنِس تندورس منز سیخہٕ سیتی رٕزِن شیران۔ سوختہٕ تیٖبر کڈان۔ تندورس ژہہ پٲری تادٕہ آمان۔ ترٛیشوَے بیٚنہٕ بینہٕ جایہٕ حرکتس منز۔ یِتھوٕی زیادہ مُرس منز یِیان تِتھوٕی رسُول میرٕن یا شمس فقیرٕن کانٛہہ باتھ تُلان۔ تہٕ اکھ ہیی آوازِ منز زورہٕ زورہٕ گیوان۔ اَمہٕ دٕرہٕ اَسی تِم سورُوی کیٚنہٕ ہہ مُشراوان۔ اکھ ژہہ چہٕ وٕرٕکٹہٕ کڈان تہٕ بیاکھ لاگان بوزنے نہٕ یِیان دوہ کوت ووت۔ سُلطان محمدٕ چھہٕ تیوٕ چھہٕ تیوٕ ژہہ چہٕ ووٕنہٕ تیٖبر کڈان تہٕ دِیار ہٕرٕمٲن۔ تِمس نِش کمٕ کمٕ خریدار یِیان

ٿم ٿمہ انش بالڪل بي خبر آسان. سلطان صوفي منهن ڪارخاني اٿان
ڏہ سيٿ اُڇن مُرن مُرن ڊڪان تہ ”سندورس ڪنُ نظر ڪرهہ ڏکيس
ڊرهُ لڌهہ وناں ـــ

”ہيا ہيبره - يہ ڪيهوڇت زيادہ راو ڏيٿت ڙهہ چہ ڊرين
زين ڪڍو نيبر.“

ٿم ڙهہ بيہ دم ڪرهہ ٿمر سند حڪم مانان.

اگر ڪا ٿہہ خريدار سلطان صوفيس ڙهہ چہ هنہ متعلق شڪايت
اوس ڪران، تہ او موقعو ہنوين زبردس مٿان. سيٺ مُلان تہ ٿمن ہن
ہن ڏڪان. ٿم اُسي تہ ٿمس کيمنہ ہيکان وڃهہ. بي زبان جانورن
هندي باعطو تہ ٿمن ڪاعم ہيوان. ڏکہ دہ ہہ اوس عبداللہ ہن
خنبير ڏنجي ٺهاڳو ہرش. يہ ڪنہ ڙهہ چہ وري اُسي ہلي تہ گھ ڪاعهتي. سلطان
صوفس اُٿس ساروي خريدارہ شڪايت ڪرہرش. ٿمس اوس سکھ شرارت
کھوٿمت تہ ٿمي اوس ”سندوره منڙہ ڊڙہ ڊن سيٺ ڪوڏمت تہ
عبداللہ ہس بُجهس لوہيت.

ڙر ڙر ڪران اوس ٿمس بجهہ دوڏمت. ٿميوڪ داغ اوس

دُنہٕ تہٕ تِمِس بُتھِس پییٚٹھ۔

سُلطان صوٗفی اَسی پننِس موہنِنہٕ گنڈِس تَل رٔٹی میتی پننہٕ رعبہٕ دابہٕ سیٖتی اوس نہٕ سُہ تِمَن اُتھہٕ تہٕ دِوان کرنہٕ۔ سُہ اوس تِمَن پتھر بیٚہنَس تہٕ لیکہٕ ژاران تہٕ تھوٗد ووتھنَس تہٕ۔ کیٚنہہ موٗکلی غلطی کرِہن، سُتن پییرِتھ اوسُک میٚژ بُزان۔ بنیٚنِ لیک، ماجہ لیک اُمِس تِمِس زیٚوِ پییٚٹھ۔

"ہاہیٚہرِ۔ زیٚن رٔکھوزِ چھُت زیادہ لوگمُت؟" ماجہ لیک کڈِتھ ـــ "یِم کتھاہ کُنہ چھی ژٕ چہ ؤری دُدی میتو؟"

تِم اَسی تِمہٕ سٕنزِ لیکہٕ ژالان۔ تِہنزِ ۵۰ زندگی منٛز اَمِس لیک اکھ عام لفظ ـــ اکھ لفظ منٛز اَسہٕ تِمَن کانٛہہ خرابی یا عائب باسان۔ سُلطان صوٗفی تِمَن غنی با، عبداللہ کڈِتھ آلو کرِہے یا ہاہیٚہرِ کرتھ، تِمَن نِشہٕ اَمِس کُنِہ کتھاہ۔ تِہندِ یِ دِلو منٛزِ اوس خودداری تہٕ غائرت مندی ہُند جذبہٕ سیٖتھہٕ کُنہ ختم گومُت یِتھہٕ کُنہ تِہنزَن نٔزَن بییٚٹھ تندورِ تادِ سیٖتی وال گٔمٕتی اَسی۔ سُلطان صوٗفینٛ خیال اوس زِ کارخانَن منٛز کام کرن وٲلی سارِی کاندر

سہ ہیو۔ چھ بُزدل تہٕ بے غیرت آسان۔ مگر تمۍ سُند یہ خیال اوس
محمدن غلط ثابت کوٚرمُت۔ محمدٕ اوس نوٚو نوٚوی سُلطان صوٗفنس
کارخانس منٛز ژامُت۔ مگر اَژان اژانی اُس تمۍ کارخانکس بے حرکت
تلاوس منٛز کینٛہہ لایمُت۔ یمہ کِنہ تتھ منٛز حرکت آسن گامٕژ۔ نوٚو سہ ہیوٚ
آسنہٕ کِنہ، تہٕ کامہِ چار آسنہٕ کِنہ اَمسنہٕ سُلطان صوٗفی محمدس چوب
دِنۍ ہیتۍ۔ نہ آسن وُچھتھ لیکہٕ کچھ کرٕژ۔ بلکہ یہ ہیکہ کِنہ نرم لفظن
منٛز تمِس وونمُت۔

" ہتو ہیٚہرہ۔ اگر کام ییہ چھے کرٕنۍ تیٚلہٕ کر سیتود یا کُٹھ منٛز ہیٚہ
دٲلھہ۔"

محمدتس اُیہ ہیٚرہ ہیٚٹھ تھن تانۍ ریٚپہ گنٛڈ ہیٚژ۔ تمۍ
اوس شرارتس منٛز سُلطان صوٗفس پھیرِتھ وونمُت سِ ہیے
وہہ ستہ زبان کر سلوٗک! یتیہ ساتہٕ ہیٚہرہ وونُت، یمہ کرِ یہ
برداش۔ اد!"

محمدنہٕ یہ جُرأت وُچھتھ اُسی غنی تہٕ عبداللہ روزِتھ گامٕتۍ
تِم اُسی اکھ اَکِس وُچھنہٕ لگی ہیتۍ۔ تِمن اوس باسیمُت زِ ن گژھہ

کھیٚلِس منٛز رامہٕ ہیوٗن اوس ژامُت۔ محمدٕنۍ خشمناک بُتھ وُچھِتھ اوس تِمو خوف کھیوٚمُت۔ سُلطان صوٗفس تہٕ اَمِس زیٚوٚ کلیمہٕ۔ تِمہٕ وۄنہٕ اوس نہٕ تِمو تِمِس کہِیں ہیٚوکمُت وَنِتھ۔ مگر دِلس منٛز اُمِس یہٕ کتھ شراکہٕ ہیٚوٚت ہش تٔرِس دوان۔

محمدٕ اوس کامٕ کران مگر تِمِس اَمِس ایژِہن تہٕ ژران زہٕ سُلطان صوٗفی کیازِ چھُہ ہیٚٹہٕ ہٹس پیٚٹھ غنٛزرِیس تہٕ عبداللہٕ ہس لیکہٕ ژاران۔ یِمہٕ ساتہٕ سُلطان صوٗفی غنٛزرِیس یا عبداللہٕ ہس برٛۄٹھ بروٚنٛہہ اوس وَنان تِمِس اَمِس سکھ ژکھ کھسان۔ مہ چھُہ زہٕ اوس وُٹان۔ دیان اوس کُنی مُش وُرس۔ بٔرتِکُس کٔرِس ہیٚہرِس۔ تِمِس اوس باسان زہٕ سُلطان صوٗفی چھُنہٕ غنٛزرِیس یا عبداللہٕ ہس لیکہٕ کڈان بلکہ تِمِسی کڈان۔ سُہ اوس نٔہنٛدِس حمایتس منٛز سُلطان صوٗفس سیٚتۍ تکرار کران۔ ییٚتۍ ہوت نہٕ سُہ اوس ژوٗرہٕ ژھیٚپہٕ رات کیٚنٛہہ یا اَکی کُٹھس منٛز اوٹ چھانُنہٕ ورٕ تِمن پران تہٕ نیٚبہٕ کتھہٕ وَنان۔ تِمو سٕنٛز تِمہٕ کتھہٕ آسنہٕ تِمن ہٕرٕ بہٕن وَسان۔ سُہ اوس تِمن وَنان "نیک گژھنہٕ برداشت کرٕنۍ" تِم اَمِس اَسان اسان وَنان۔ "وۄلہٕ سہٕ

ژارِ تن تھوک چھا تہٕ لارِتھ گژھن۔"

اکہِ دوہہٕ اوس سُلطان مُتوفی اوٚٹ انِنہٕ گامہ کھوٚتمُت۔ امہِ دوہہٕ آسہِ محمدی دِل مُژراوِتھ غنیٚ لِس تہٕ عبداللّٰہس سِینس کٔنِتھ کرِ مژٕ۔ تمی اوس تِمن وونمُت۔

"توٚہی چھیوٚ گمتیٚ ژِنہٕ ژوٗر!"

"ژِنہٕ ژوٗر!" —— تِمو اوس حاران گژھت وونمُت۔

"اَہنعٔ اَدہٕ کیا۔ توٚہہٕ چھیوٚ نا بوزمُت زہٕ ییلہِ سہہ جنگلہ منزٕ نیرِتھ کُنہٕ گامس منز چھُ اژان، گرِیسی چھ شور تُلان —— "ژِنہٕ ژوٗر ہو — ژِنہٕ ژوٗر ہو — مارِیوٗ توٚہ ——! ژِنہٕ ژوٗر ناو بوزِتھ چھ سہس نیر اژان۔ تِمس چھ تھرہٕ تھرہٕ اژان۔ شہ چھُ دستہٕ چھکان نہٕ ژلان۔ یہِ چھُ گرِیستین ہُنز زبردس چال آسانٕ اگرِ تِمہٕ کرِکہِ دِن —— "سہہ ہا چھُ سہہ —— ژوٗرِہ روزِی دو۔ تیٚلہِ گژھِ سہس یِنیٚن روزن ہُند احساس۔ تہٕ سہہ نہٕ ناوِہ سارِی گرٕسی گامس!

شہ اوس تِمن وَنان —— "توٚہی تہٕ چھیوٚ ژِنہٕ ژوٗر گومُت۔ توٚہہٕ

چھیٚوٚہ پَنُنہٕ طاقتُک احساس۔ اگر تِمہٕ مٔنز احساس یادٕ سِیدٕ
نیلہٕ ژارِ وٚپہٕ سُلطان صوٗفی زانہہٕ تہٕ لیٚک۔ بَہَن[12] رٚوہ مِیَن بیٚٹھ کرِتھ
تھٔہند خوٗن۔ زِچہ تہٕ ہاکہٕ ہیٚچھ بیٚٹھ ہیٚبہٕ وٚپہٕ تِمہٕ شُہ مُلی" تِمس

اَمہٕ دوہہٕ کوٗر محمدَن بینہِ نیٚو کٔتھو سٟتۍ غنی یس تہٕ عبداللہ،
بیٚٹھ زبردست اثر۔ تِمَن باسیوو گوڈنِچ لَٹہٕ زِ محمد چھُ پٔز وَنان
تِمی اُسی تھٔہندی شوٗنگمتۍ دِل وُزٕ ناوِتھ متۍ۔ تِمَن مٔنز خوددارِی ہُنز
تیمبر دِژ پٔرٕ دارِتھ۔ تِمو دوشوی زنیو اوس محمدس سٟتۍ قسم کھیوومُت
زِ اگر بیٚیہٕ دوبارٕ سُلطان صوٗفی تِمَن مٔنز کانٛسہِ لیٚک کَڈِ۔ تِم
ووتھن تریشوَے تہٕ مِلہٕ ناوَن تمس سٟتۍ۔

دوٚیمہِ دوہہٕ سٕندی تی یہِ تِمو کالہٕ سطے کوٗرمُت اوس۔
سُلطان صوٗفی ژار حسبِ معمول عبداللہس لیٚک۔ عبداللہ ووٚتھس
"ووسُتا! زبانہِ کر سُلوک!"

محمد ووٚتھس ـــ "ہے اٰہن سہ ووسُتا زِ چھک اَسہٕ ہمیشہ
لیکہٕ ژاران۔ ژیٚ کیاہ زانِتھ اُسکھ"

غنی ووٚتھس ـــ "اُسی ہیٚکہٕ نہ یہِ ووٚنی برداشت کٔرِتھ۔"

سُلطان صوفس گیہِ اکلہٕ بکل۔ تِمس باسیوو زَن سارِنٕی
گُلجہِ تہٕ باگر خانہٕ آیہٕ اکہِ اکہِ وُسِتھ تہٕ سرٕکہِ بیٚیٹھ آیہٕ پھکراونہٕ۔
تِمس لوٚر فِکرِ تندورس گیہِ چھَلہٕ تہٕ پھَلہٕ۔ تِمہِ کوٚر محسوس زن دزِہ وٕنی
سیٚنخ آیہٕ تِمس بُتھس لاینہٕ۔ تِمس آو زیٖن نژان بوزنہٕ۔

محمدٕ دوٚتھس بٔتیہِ —

"وُچھدِسہ دوستا، غلطی کرٕو اَسی، مگر سانیٚو ماجہِ بٕنیٚو کیاہ کوٚر رُوی۔ اَسی ہیٚیکو نہ زیادہ کالس پیٚہ برداشت کٔرِتھ۔"

غنی یَن تہٕ عبداللہ ہَن تہٕ مِلہٕ ناوٕ پنٕنی آواز محمدس سیٚتی تہٕ ترٕیشوی دوٚنس یکہِ وٹہٕ —

"اَسی ہیٚیکو نہٕ وہنی پیٚہ برداشت کٔرِتھ"

سُلطان صوفی سنبول دَم۔ سُہ اوس داناہ۔ تِمہٕ وون نہٕ تِمَن کینہہ۔ تِمس لوٚر فِکرِ زِ یہ چھہٕ سارِی شیطٲنی محمدن۔ اَمہِ دزِہ کوٚر تِمہِ برداشت۔ تِمہٕ زون اگر بہٕ تِمَن جواب دِمہٕ۔ یِم ترٲوَن کارخانہٕ اُتھی تہٕ ژٕلَن۔ شوٚکھس گژھِ سیٚٹھاہ نوقصان۔ مگر اندرِ کنہِ گوٚدُس بہٕ ہے کیٖل ہیوٚ۔

دۆیمہِ دۄہہ کرٕ تمۍ کأم۔ عبداللہ تہٕ غنی اُڈن خلوکھ پأٹھۍ گمرٕ۔ تنتہِ سمجھاوِن ــ ماز بَتہٕ کھیاوِن ــ تِمَن وۄنُن بہٕ کھارٕ دِمٕ تۄہہِ تنخواہس رۄپیٔ رۄپیٔ۔ گر تۄہہِ مہٕ پیِیہِ محمدنین کتھن منٛز اَمہِ دۄہہ آوُ سہٕ یِمَن سینٛز بڑٕ نرمی تہٕ حلیمی سان پیش۔

وُچھُو غنی بأیہٕ! اگر بہٕ تۄہہِ وُنی کینٛس کارخانہ منٛز کڈٕ دِمٕ تۄہہِ کیاہ کرو۔ بیچھت تہٕ بنہٕ وۄنہٕ نہٕ۔ یہ چُھہ شیطان۔ اُمی کوٚرُو تۄہہِ کنٛس منتر۔ تۄہہِ اگہٕ اُمی سنٛزن کتھن منٛز۔ یہ کوٚرُو نہٕ تۄہہِ جان۔ تۄہہِ چھےٚ چھوٗ میٚہ پننٛز اولاد۔ گمرٕ گِ باوٕ۔ مگر یہ ہہَر چھُو تۄہہِ ڈالان۔ یہ کرِو تۄہہِ خراب۔ یہ ڈالِو وتہٕ۔ کُنہٕ کامہِ ہُند تھاوِو نہٕ۔ سینٛزس پنٛزس منٛز اُسی وۄ میٚہ تِش کامہِ دہہ دِوان۔ مگر تۄہہِ چھُو شکس پیٛوان۔

سُلطان صوٗفی پھیر غنی تہٕ عبداللہ پنٛنہِ پانس کُن۔ تِمہ دِژ وینہٕ تیمبرٕ پیٹھ دیکھ تمۍ سگر دارِتھ ییٚہ محمد تھنٛدین دِلَن منٛز دأرِتھ اَمِس دِژ مٕژ۔ دوٚیمہِ دۄہہ ہیٚتھ صُبحس غنی، عبداللہ تہٕ محمد کارخانس منٛز وۆتھ۔ سُلطان صوٗفی ژاو تیٚمبرٕ پیٹھ کارخانس

منز تہٕ محمدس کٔنی وۄنُن —

"بَبا! لُٹاوسہ، میٚہ چھےٚ چاےٚ ضرورت!"

"وجہ"؟ محمدن پرژھس

"وجہ چھےٚ یہ چھیٚنہٕ میٚہ تہٕ شس. ژٕ نیر میانہٕ کارخانہ منزٕ. تنہٕ کٕڈٕ تھ بہ پوشار ہِوان. ژٕیہ چھےٚ خبر ہزہ یلہ بچاری ڈالک بہ. ژٕیہ چھُوی نا سلطان صوفن خواہش آمٕت۔"

محمدٕ کٔر عبداللہ تہٕ غنی یس کُن نظر. مگر تِمو وُچھن کلہٕ بون کُن دِتھٕ کانٛہہ گران. ژٕن تہٕ تِمن اد کُن کنی ادس. ستہ کھوت اسان اسان کارخانہ منزٕ تہٕ نیران وۄنُن غنی یس تہٕ عبداللہس کُن — ژٕنہٕ ژٕور!

سُلطان صوفس تور نہٕ فکری ژٕنہٕ ژٕور کیاہ گوو. غنی یس تہٕ عبداللہس لیج دِلس گراے ہش. تِموٕ کر بۄو سہی زہ تِم تہٕ نیرن محمدس ہیتہٕ ہیتہٕ مگر زنگہٕ وڈایک نہٕ گیہ!

# یاوُن تہٕ تاوُن

یِتھوی شیٖلہٕ موٹرِ منٛز وۄتھ بنگلہٕ کِس برانڈس پیٚٹھ ژھال ہیٚتھ کھۄتہٕ تمہٕ وُچھ مہدہ صاب ہیرِ چَل چَل وسان۔ مہدہ صابن ہیٚرٕ ہٕ ہیرِ پیٚٹھے سلام کرِنۍ مگر تمس پھۄور نہ کینٛہہ۔ شیٖلن تہٕ درٛاے مہدہ صابس سلام کرِنۍ وۄتھی۔ تمہٕ دوٚن دۄری۔

"مہدہ بابا! وارٕے چھکھ سا"

"وارٕے چھُس۔ تۄہۍ چھوٚو وارٕے" مہدہ صابن دِیُت بانبرِ سان جواب، تِمہٕ دوٚن ہِنٛز بنیہ کھینٛہ ژہ درٛاو تہٕ سیدُوی موٹرس کُن تہٕ ہیٚوٚتُن موٹرِ پیٚٹھٕ بِستر تہٕ بیٚیہ سامانہٕ وغیرہ والُن۔ موٹرس منٛز اوس خبر کُس بہت سہ اوس دُنہٕ موٹرِچ اسٹرنگ اَتھس منٛز رٹِتھ شیشہٕ منٛزی

بنگلس تہٕ باغس کُن وُچھان ۔ مہدہٕ صاٮ۪بن کٔر اَمِس سلام ۔ شیٖلہٕ آیہٕ بیٖنہٕ بنگلہٕ کہ براندہٕ بیٚہِتھ ووٚت تہٕ ووٚنُن خاندارس یہٕ چھُہ سون باغوان "مہدہٕ صاٮ۪ب" اَمہٕ پتہٕ ووٚن مہدہٕ صاٮ۪بس کُن تَمہٕ "مہدہٕ ببا ! یِمہٕ باغُک مالِک چھُہ ووٚنی یہٕ — یہٕ چھُہ میون خاندار" مہدہٕ صاٮ۪بس اوس شیٖلنہٕ ونُنہٕ روٚستوٕی فِکرِ تورمُت زِ یہٕ کٔمِس گرٕ چھُہ آمُت۔ شیٖلنِ خانداٗر تیٚمِس اوس تابہٕ شیٖشہٕ اَچھن لاگِت ٹیٚتھ اوس تُس گیٚشوم پہٕ ہَن ۔ دعہ دِتھ اَمِس عجب ٹوٗپی دِتھ تہٕ ٹلےٚ اَمِس لاگِت۔ مہدہٕ صاٮ۪ب رُود اَمِس وُچھان تیٚتھ کٔنہٕ زَن سہٕ نیرہٕ اوس کران زِ، سہٕ شوٗبیا تَمِس خاندار کِنہٕ نہٕ ۔ مہدہٕ صاٮ۪بس کھوٚت نہٕ سہٕ ظاہرا تارہٕ تکیا زہٕ سہٕ اوس روٗزِ روٗزِ تَمِس وُچھان تہٕ اوس زَن شیٖلِس وَنان۔

"یہٕ کٔمِس کامِچ چھُہ ۔ یہٕ چھُنہٕ ٹٔنہٕ لایق ۔ یہٕ نےٚ شوٗبہی ژٕ یہٕ" سرِیس ووٚتھ موٗٹہٕ منزہٕ بوٗن ۔ تِمو ہیٚوٚت پتلونکِین چَنٛدَن منز اَتھہٕ تراوِتھ دٔچھن تہٕ کھوورِ وُچھن ۔ سہٕ پھیور مہدہٕ صاٮ۪بس کُن تہٕ ووٚنُن تَمِس ۔

"بابہٕ باغ وَنیٖ بٕ تٕیہٕ کیٛتہٕ کُنہٕ گژھہٕ شولہٕ نٲوِن"

"بابا!" مہدہٕ صابن ووٚن دِلہٕ اندری سرٛیشس کُن وُچھان تٔمۍ مٔنٛز وٕنی پورہٕ پانژھ سرٛیشس وُچھِن۔ نیٚبرٕ ریٚرت آو مہدہ صابس صاف لبنہٕ سرٛیشس کیٛت چھُ۔ سرٛیشس اوس جوانی ہندہٕ خدہٕ دٕولت تٔمۍ ووٚن امہٕ سٕنٛدِ زٕچھِہٕ[٣٦] آبنس کھوٚرٕ دٕولت۔ خاطرٕ وانٛسہٕ منٛز چھکنہٕ فرق کیٛنہہ شیٖلہٕ تکیاہ نوٚ کیٛنژھ چھہٕ منٛترٕہ[٣٧] ارژہ[٣٨] وُرش۔

"مہدہ بابا!" شیٖلن کوٚر خاندارس سٕتی کتھ کران تٔمس آکو۔

"مہدہٕ بابا!" مہدہٕ صابن ووٚن ژٕکہٕ سان پانٛژن پانس سٕتی نہٕ دراو تمس کُن۔

"وُچھ سا "مہدہٕ بابا" یم دیان یہٕ باغ بناوون اُسی ٹھیک دیان یوسہٕ یہٕ سرکہٕ ہٕن باغہٕ منٛز چھُ یہٕ انون اکہٕ اندہٕ"

"بٕ یِہٕ اوسُس برونٛٹھی یہٕ کتھ سوچان" مہدہٕ صابن رٕٹ پنہٕ نِس نوٚس مالکہٕ سٕنٛز کتھ تکیازِ ووٚنی اوس تٔمس تہنٛزی رایہٕ وایہٕ بکُن۔ مہدہٕ صاب آو بییہٕ پننہٕ جایہٕ تٔمۍ منٛزِ ت سامانہٕ ہیٚور کھارُن۔ سامانہٕ کھاران کھوٚت تٔمس شانس۔ شیٖلہٕ تہٕ سرٛیشس ژاپہٕ نکس

منز۔ شیلن ہیوت خاندارس وۄنۍ بنگلہ رژھ رژھ ہاوُن۔

"مہدہ بیا!" شیلن ؤیت بنگلچ دارہ کُن کلہ کڈِتھ مہدہ صابس

آلو۔

"مہدہ بیا! مہدہ صابن وۄن ڈیکس دٕرہ کھارِتھ تہٕ آدرتمون

بروٕنٹھ کوٗٹ۔

"مہدہ بیا ــــ وُچھ سا یہ بنگلہ چھُ اَسہ ٹھیک کرُن۔ یتھ چھہ

واریہن جاین پور دوٕ ٹھمُت۔ لیکن ہند روغن چھہ خراب گومُت۔ تہٕ

کر کامہ کانٛہہ ڈسی لس کرنیچھے"

مہدہ صاب اوس وَنان از کیاہ چھہ بیتر بنگلس خبر پیوان ہینہ

تہٕ اَس پنہٕ نہٕ کانٛہہ بنگلس شہرٕ تہٕ سنبھالنہ خاطرہ بیتر داِدی

ہیتر ہرٕ۔ شیلنہ چھہ کیتھی شمبھوناتھ لیس زن بنگلک مالک اوس تہٕ

اوس پنہٕ اَلتھ خبر اَتر ہیوان۔ شمبھوناتھ اوس پرٛیتھ وری ریتہ کالکی

اَکھ زٕ رٕیتھ یتھ بنگلس منز گُزارتھ ییتر ژلان۔ شمبھوناتھ اوس مٔرلی

کوشر گرٕ شہ اوس وُپھہ وری یس ہندوستان گرٕھت خبرکس پتہ کاروبار

کران۔ وۄنۍ اَسی شمس تہٕ کُنہٕ وری پور ہیس واتی مِتہ۔

ظاہر آسہ یہِ بنگلہٕ شیلہٕ سٕنٛدِس خاندارس بخشیشہِ دِتہٕ آمُت۔ اُتھے
وٲنۍ شیلن آمیک ناؤ کُنہ چھُ وۄنۍ یہ ہے؟ مہدہٕ صابن سوچ کنہ
اَتھ پیٹھ۔ مہدہ صابن اوس ازٕ دریاہ وری برونٛہہ شمبھوناتھس زنہ
بوٗزمُت زِ ہوسہ دِتھ یہ بنگلہ کورُن۔

اَتھ بنگلس برونٛہہ کنہ اوس اکھ بوڑ باغ۔ اَتھ منٛز آسہ ژۄنٛٹہٕ کُلۍ
تہٕ گلاسہٕ کُلۍ۔ وری پتہٕ وری آسہ اَکھ ژور پانژھ ہتھ روپیہ ٹھیکہ گژھان۔
مہدہ صاب اوس امی منٛزٕ پنٕنۍ تنخواہ کڈان۔ بنگلہٕ دارس اوس تہٕ چندس
پیٹھ مہدہ تنخواہ بابت کینٛہہ دور پیوان۔ سُہ اوس باغس پیٹھے بولی
دِوان۔ امہ خاطرٕ اوسہ تمس کانٛہہ مُند تھاک۔

مہدہ صابس "مہدہ بب" ونٛنہٕ آسہ شیلہٕ تہٕ سرتشس تمس پنٕنۍ
رِکنہ مائے بھران۔ لول بالگراوان۔ مگر مہدہ صابس اوس "بب" ونُن
سیٹھاہ تُچھن ٹلان۔ تمس آسہ سارۍ پانس پیٹھے ریٖژ زن دۄہ تھان
سُہ اوس ڈیان کیاہ بہ بنیوسہ بب تہٕ شیلہٕ چھےٚ وۄنہٕ یہ ڈیٖزہ تہٕ کوٗرۍ
بنیہ یہ کاوج یُس خبر کمہ سنگ چھےٚ یہ تہٕ چھےٚ میہ بتا دنان۔ بہ گوسہ بب
نرہ شیلس تہٕ میہ چھا کینٛہہ زٕہٹ کانٛژ۔ یمہ دۄہہ بہ پور آمُت چھس

ییتہٕ اَمِس میانی پانٹھ شُر۔ بہٕ اوسُس ہُس اُمی سندی خاطرہ یور اونمُت۔ اُہندی مالی اوسنا میانِس مالی جنتیس دوہمُت کاشہ لڑکہ ہنا وُچھتن تیس شیلس سیتی آسہ ہے مدرس تام کتابہ ہیت گژھان۔ اُہندی موکھ رودنا میٚہ لوکچارُک وق۔ وُنہ اوسنہٕ میٚہ ژینہک گاش وُچھمُت تہٕ دوکھس کامہ۔ اوچھ سُہ دوہ تہٕ یہ دوہ۔ نہ وُچھم لوکچار گوٚژھ گوو نہ آیم جوانی یوزنہٕ ــــ یہ گوس اَتھ "دہدہ بب"۔ دہدہ صاحب اوس پانٕی پانس تسلی کران زِ ژہ تہٕ ژھکہ چیٹھہ نینہہ۔ ژہ تہٕ ہا ژھک شیلنی وانُنہ۔ "بابا" وَنِتھ اوس تمِس بانہ زلان۔ سُہ اوسہٕ دپان بیا کھاسے میٚہ "بیاوٕنہ ہا تو تہٕ اَمِس کیتھ، مگر شیلس کیاہ گوو سہ کیازِ میٚہ بیا کرت آلو کران۔ تمہ سیتی کیاہ گوو وہیم کلکوال چھم پھیتمنی۔ یہ اَمِس نامیٚہ سیتی گندان تہٕ دروکان۔ اُمید ہے اکی دانُنہ چھ۔ دہدہ صاحب اوس یوت وَنان مگر بیلہٕ سُہ پانس کُن تہٕ شیلس کُن وُچھان اوس۔ سُہ اوس دپان "نِکے چھس بہٕ شیلس اَمہ کیتھ موکھ راہ کھلان۔ اگر سو میٚہ "بب" وَنان چھم بائے چھس تہٕ رتھوی۔"

یہ کیتھ اَمِس یوژ شیلہ یودوے وانُنہ کنہ دہدہ صابس برابر

أٮ۪س مگر تِمَس یُس مہدٕ صٲبس بٮ۪ کرِت آلو کران وُچھ ہے، سُہ
کھارِ ہے تَوتہٕ شیٖلہٕ سی راہ۔ کیازِ تِمَس پزِ ہے مہدہ صٲبُس
بُڈی بٮ۪ وَنُن۔ وقتَن اوس تِمَن دِہ شوٗنی سیٖتھ عجیب ورتاو کورمُت
زمانچہ داوِ گرایہ اوس اکِہ تَھ جایہِ واتنووُمُت۔ یُتہٕ انسانہٕ سُند
یان چھُنتھ چھُ پیٚوان۔ تہٕ بیاکھ اوسُن تَھ اندس کُن برِت دِیتمُت
یتیَن بُڈن نوو یاوُن چھُ پیوان۔ یُتہٕ جوانَن لوکچار بنیہ ژھایہ گیتھ
کران چھُ۔ شیٖلس اوس ہرِی پاٹھی دِوہی یاوُن آمُت۔ یوت وَق
بروٗنٹھہ یکان اوس تیوت أٮ۪س سِعہ لوکٹ بوزنہٕ پیوان۔ تیوت أٮ۪س
سِعہ فوان۔ تیوت اوس تِمَس لوکچار پیوان۔ سِعہ أٮ۪س پرٮ۪ٹھہ وِزِ تِتھ
کُنہٕ ژھالہِ ماران یتھ کُنہٕ کانٹھہ اَنہرُش کور دِوسہ یتھ گرا اَسان
گراگیٚوان گرا دِوہٕ ژھنان تہٕ گرا ژھالہِ ماران چھُ۔ شیٖلہٕ أٮ۪س
تہٕ اَنہرُش۔ ژورٕنے ریٚتھہ أٮ۪سی تِمُس خاندرس گٔمتی — اگر وُنہِ
سِعہ ژوران پانژن وُریِن تہٕ خاندرہٕ روٗستئی روزِ ہے تَوتہٕ ییہِ ہے
سِعہ لوکٹ بوزنہٕ۔ سِعہ ییٚلہِ ازکل تہٕ ٹٹھس گندان أٮ۪س سِعہ أٮ۪س
رُوسی کُچھہٕ ہندی پاٹھی دِوہٕ تلان تہٕ دَوان۔

یہ اوس شیلنگ حال، مگر مہدہ صاحب ـــ؟ تمس کن پیلہ
کانہہ ہنا سنت وچھان اوس تہ اوس دیان بچارس کن چس
پھیر مِنخ۔ خبر منتہ[۱۰۰] چھا نمتہ چھا۔ تمس اوس کمرسس ڈمہ کھڑامت۔
تیز بہن بکنہ سیتہ اوسس فریک کھسان۔ ترک زہ ترک بور اوسس
گوب بورنہ یوان۔

مہدہ صاحبس آس یتھہ بنگلس منز باغوانی کران نزدیک
نزہ دمہ[۳۰] یہ ترہ[۴۲] وری داتی ہتے۔ تہ اوس امہ بنگلک باغوان ترچھ کدر
تہ۔ دمہ تہ اوسس اتی سوران تہ رات تہ۔ کالہ پگاہ آسی ومہ نشبھ
دُتھ وری اوس اتہ روزان گمتی۔ تہ اوس نیزہ پچھ گرہ کن نظر دوان۔
مہدہ صاحبن لوہ بچار تہ تہنز جوانی کپارہ آیہ تہ کپارہ گیہ۔ تہ اوسنہ
تمس پتہ۔ تمس اوس آلہ نیرہ تالہ ژیل لوگمت۔ تہ انبوو مالی تہ
دمیوسس۔ ولو گوبرا۔ تراوو گنڈن پنڈن۔ پکو یہ گھرہ گوڈ پورہ کرنہ
خاطرہ رٹ تا ژہ تہ زیر۔ مہدہ صاحب دڑاوو مالس سیتی گھرہ گوڈ
پورہ کرنہ خاطرہ مگر یہ پوران پوران سوریہ تمہ ستدس مالس ساری
وانس۔ گوڈ رود تھکے تہ تہ ووت مزار بل۔ ومہ تی اوس مہدہ صاحب

گھرس بُچھ ووگمُت۔ تمِس اوس لہ کٹ پانٕے گھرٕ اُتھ کھوتمُت۔ لہ کٹھی اوسُس نہ بار ہیومُت۔ تیٚنزٕ دٕرۍ مَنزٕ چھینوو تہٕ چھیتیوو نہ۔ نہ اوس عیالَن کھیومُت۔ گھرس منز آو تمِس وارٕ مرٕ زۆ کورٕ۔ زٕ کورٕ یِمَن ووچھِت لُکھ تمِس پامہٕ دِوان اُسۍ تہٕ وَنان اُسۍ۔ " زٕ کورٕ ہا چھس بٕڈ بیمرٕ۔ " لُکھ اُسۍ پژی وَنان۔ لُکہ کتھو تہٕ گھرٕ رِتھو اوس تمِن ہِندِین سینن منزٕ تیتہٕ وائلی کرٕ مژ۔ تمہٕ آسہٕ لہ کھارسۍ منزٕ چھندر بیمرٕ۔

مہدہٕ صاب اوس از سوچان۔ " یِم لُکھ کتھ کنٕ چھہِ بٕڈرِ تہٕ جوان آسان۔ نہ اوس سوچان آسان، تمِس اوس یِ تران فکرٕ زہ یِم لُکھ چھہِ اصلی صاف دِل۔ مَنَس منزٕ چھکنہٕ کھوٹ کھٹاعی۔ تمِس اوس ماگلی تہٕ یِ وونمُت۔

مہدہٕ صاب اوس بنگس منزٕ روزان۔ یہٕ بنگلہ تہٕ اوس وری پتہٕ وری تتھے کنٕ شولہٕ ماران یتھہٕ کنٕ شیلہٕ اُسۍ ماران۔ دوہ شوے اُسۍ دوہ پتہٕ دوہ نوٕ زندگی لبان۔

اُزکہٕ لٹہٕ شہر شیلن بنگلہ تتھہٕ کنٕ زکھینٕ ادسہٕ نٕنان۔ یہ

چھا پرٲنِس بنگلس لیٚتھہٕ لاو کرنہٕ آمُت کِنہٕ نوٚو چھُ۔ بنگلہ بیٚیلہِ ٹھیک گوٚو شیٖلن ووٚن مہدٕ صاٲبس زِ دوہ نٕ ین ساٲنی بابہٕ صاٲب اَتہِ رٕنش کیٚنٛہہِن دوہن۔

مہدٕ صاٲب گوٚو خوش۔ یِوٚن مالِک ییہِ اَز خبر کُرژہٕ وُپرِ۔ بیٚیلہِ شیٖلن مول شمبھو ناتھ موٹرس کیٚتھ بنگلس نکھہٕ ووت، مہدٕ صاٲبن ژھۄنز دوہٕ کھٹہٕ، تمۍ دوٚپ مالِکس کرٕ سلام خاطرٕ پاٹھ۔ مگر موٹرس نِشہٕ وانٹت گوٚو شُرٕ رُوزِت۔ یہِ اوس خبر کُس۔ اِنہار اُمۍ سُنند اوس شمبھو ناتھنۍ ہیُو، مگر تمۍ سُندہِ کھۄتہٕ تہٕ اوس زُوٚرہٕ ہیی مَنز۔ مہدٕ صاٲبن کر سلام مگر تِتھہِ کُنۍ ہیتھہِ کُنۍ کانٛسہِ اَنزٲرِنس کران چھہِ —— تمۍ تہٕ کوٚر اودٕ انزاٲنی پاٹھۍ سلامہِ جواب۔ اَمۍ ساتہٕ آیہِ شیٖلہِ۔ تمہِ ووٚن پاٹھۍ پاٹھۍ اُمِس شخصس زیٖر کُھو زِ گوٚیی۔ یہِ دوٚپ تتھس اودٕ مہدٕ صاٲبس کُن اَتھ نگیجی ٲوِت۔ "یہِ کُس چھُ؟" —— "یہِ چھُنا مہدٕ بب"

"کیٚاہ یہِ چھا مہدٕ بب۔ میٚہ نٔے پرزٕ نووی یہِ!" شمبھو ناتھن کھیٚیہِ دوٚکھٹہٕ ہش ——

"مہدٕ ببا! دَن ساخبرا۔ وارَے چھکھ؟"

کَہدٕ صاب وۄنُھد اَہَن مہرا وارٕ ے چھُس"۔ مگر یہ وَنان لگو
زَن تیٚمِس کَنٛڑی تمۍ دۄپ اَنٛدری "میون اکِ وقتُک بَب اَز میٚیہ وَنان
بَب!"

# مال ڈیڈ

مال ڈیڈ آیہ از قریباً اَکہٕ ریٚتہٕ بٔنٛیہ بازرس منٛز۔ تمۍ سٕندٕ
یِنہٕ سٕتۍ سپُد بازرس منٛز اَکھ نٔو زندگی پٲدٕ۔ پرٛیٚتھ دُکاندار۔ پرٛیٚتھ
وانہٕ وول تہٕ بازرس منٛز وٕتھ دِنہٕ پرٛیٚتھ کانٛہہ خریدار اوس فقط مال ڈیڈہ
کُن وُچھان۔ سارِی اَسی تمِس مبارک کران ــــ" مال ڈیڈی خاطرٕ
چھا بی ــ مال ڈیڈی وارٕے چھک بی۔ مال ڈیڈ کیٚتہٕ سُنا اَسۍ وُنہ تام
ژور ــ مال ڈیڈی وٕتیٖطرٕ چھک۔"

اُتھ دُکاندار اَسی وانہٕ پیٚٹھے بہت مال ڈیڈہ خاطرٕ بانٛٹھ کران
اُتھ اَسی دُکان تراوِت آمٕتۍ تہٕ مال ڈیڈہٕ اَندی اَندی اَدسک رگیٚوِر
کورٕمت۔ سارِی اَسی مال ڈیڈہ پریشان سٕہ کیٚتہٕ اَسی یِیتِس کالس۔ از

اَسۍ سٕہ پۆرٕ رٔیتہٕ بٮ۪یہِ شہر آمٕژ۔ مال دِیُت اَسۍ پرٮ۪ٮ۪ژھ کأنٛسہِ منٛدٕ خارٕ
پاٹھۍ کُھک اَسان اَسان جواب دِوان۔ سٕہ کتہٕ اَسۍ اکھ رٔیتس یتہٕ تِمہٕ کیاژٕ
اوس شہرٕ ہُن تروٗمُت، تتھ متعلق اَسۍ نہٕ سٕہ پٔزٕ ایزٕ کیٚنٛہہ جواب دِوان۔
بازرٕوالین اوس یتہٕ زٕ مال دیُت کتہٕ اَسۍ یتہٕ تِمۍ سٕندٕ شہرٕ نہٕ ینُک وجہ
کیا اوس۔ مگر یہِ کرِت تہٕ اَسۍ تِم تِمس یمہٕ ہیٚ اکھ سوال پرٕژھان زٕ
سٕہ کتہٕ اَسۍ ہیکیا زٕ تِمن اوس ینہٕ یہِ سوال پرٕژھنہٕ سیٚتۍ ہا چھ تِمۍ سٕنزٕ
کمزور رگہِ زیرِ لگان۔ مال دیُت کرِ یہِ کوشِش زٕ سٕہ دیہِ ہے نہٕ بازرٕوالین
ینہٕ زیوٕ امہِ کتھ ہیٚوند جواب تہٕ اَمی اَسۍ سٕہ ادرٕچ یورٕچ کتھ تِکِت
یہِ سوال ڈالِتھ پرٕژھان۔ مگر بازرٕوألۍ تہٕ کأتیاہ کم پایہِ اَسۍ تِم اَسۍ
ادرٕچ یورٕچ کتھ تُکِت بٮ۪یہِ ینہٕ درٛاژٕ ڈٕکھ دِوان۔ دٔپان چھ بانہٕ
ہٮ۪تس بیہِ ٹھانٛڈٕ ہٮ۪تھ دِنہٕ مگر اَمہِ ہٮ۪تس کیاہ کرٕ۔ اگر اکھ زٔفن آسہِ ہے
زٕ زٔفۍ آسہِ ہن، ترٔیہِ زٔفۍ آسہِ ہن، مال دِیُت دِیہِ ہے تِمن اکہ اکہ
جواب۔ مگر اکہ اندٕ بیٚٹھ بٮ۪یس اندس تام اَسۍ بازرس منٛز تہٕ چھی دُکاندار
ہِمن سارِنۍ ہندی اَسۍ کتھ کنہٕ ہیکہِ ہے مال دیُت بند کرِت۔ اکہ طرفہٕ
اوس سلام لایہِ گوٚر تِمس تاوس تکان۔ بٮ۪یہِ طرفہٕ اوس تِمس جیب دُمن

زیر زیر دِوان۔ مامہ پائی ڈ گوڑ اوس وانسی پیٹھ بہیتھ کیتھ تانی گوڑش پکن وَلان۔ مگر منزی منزی اوس مال دیڈہ کُن تہ کرنیکہ ہنہ کرنیکہ ہنہ دِوان۔

"ہتے مالی ژہ کتی اُسک، ژہ ہے چھک از باخدامس صحب ہش گمژ۔" مامہ پائی ڈ گوڑ اوس بازس منز زیٹھ وانہ وول۔ ساری اسی تمہ بندہ زِ چھرک عزت کران۔ مگر یمہ ساعتہ وانہ وائی ٹھیٹھ مخولہ اسی کران تمہ ساعتہ اسی نہ تم مامہ پائی ڈ گرس سیتی زِ چھر تہ کانژر بوزان۔ مامہ پائی ڈ گوڑ اوس مال دیڈہ "ہتے" کرتھ کیتھ کران۔

قادر قلایہ گر اوس پنہ کنہ پنس کارس سیتی لگت مہ اوس پھمبہ روتن ہیت اکس بانس پھش پھش دِوان۔ مگر پھش پھش دوائی اوس سہ مال دیڈہ کُن تہ ژاس کران۔

مال دیڈ اُس یم ٹھٹھہ تہ یم کتھ ژھمہ پہ دُم کرتھ بوزان وَنان اُمس نہ کانُشہ کینہہ۔ اگر بنیہ کانہہ وَق ہیو آسہ ہے یا بنیہ کینہہ دلیل ہش آسہ ہے سارنی مینہ ہے سہ چونٹ۔ سہ ییلہ

ٹھٹھن پیٹھ پیوان اَس تیلہ اَس نہ سعہ مامہ باگی گرس تہ کینہہ آیہ وا تہ
وُچھان۔ قادر تیج اوس شیطان پیوان مانِنہ۔ مگر سُتہ اوس
وقتس مال دیدہ نش پناہ منگان۔ مگر از اَس مال دیدہ زبیہ ژینگلت
گامُت۔ تمِس اَس بُتھس پیٹھ شرمہ ہنز ژھاے بہت۔

مال دید اَس بٹہ پورِچ آرمینی۔ بٹہ پور اوس شہرہ دُور ژور
پانژ میل۔ وائنہ کنہ اگرچہ مال دید ژھنہ ڈجہ ہشہ اَس مگر تہ کرِت
تہ اَس سعہ وُنہ پیوان لعہ کٹ بوزنہ۔ قادر تیج اوس تمِس ونان زہ ژور
زیت تہ چھک ژہ وُنہ تژھ زہ اگر ڈولہ کھاروت کانہہ ونہ نہ زہ
ژہ چھک شرُر واجینی۔ قادر گنہ ین مال دیدہ متعلق یہ ونُن اگرچہ کینژھا
غلط اوس مگر یہ اَس پز کتھ زہ مال دید اَس وُنہ تہ شکیل۔ بدنہ کنہ
تہ اَس سعہ سیٹھاہ اُستوار۔ بُتھ بوُرتھ آسنہ کنہ تہ زیُن تہ زنگن
ہنز وتھیر آسنہ کنہ آسہ تمِس پننہ آرمینہ مالہ ہرنڈی ونان۔ مال دیدہ
اوسنہ یوتی یوت صفت زہ سعہ اَس بُتھہ برژ تہ پرینہ تہ جسمہ کنہ
اُستوار بلکہ تمی سُند بوڈ صفت اَس تہنز زبان تہ امی زبانی سُتہ
اَس سعہ پننہ شرتہ ڈوک ہاکہ بہوت برژس ہنز کنان۔ مال دید اگرچہ

ہاک کِننہٕ شہر یوان اُس۔ مگر گھرٕ بیٚنِھ شہرتانی اُس سہ تیٚیف کھسہٕ تہٕ زیادٕہ ہاک وٲتی کِنان۔ گھرٕ اُس سہ کہٕ کر بانگہٕ نیران۔ اَمہِ وِزہ اوس تمِس لاد دِت ہاکہٕ بیوٚت آسان۔ مگر وٕنہٕ یکان یکان اُس سہ بینہٕ نین گراکہٕ بایَن ہاک تراوان۔ یِم گراکہٕ بایہٕ آسہٕ بیٚون بیٚون محلَن ہنزٕ تہٕ بیٚون بیٚون طبقَن تہٕ پیشَن ہنزٕ۔ یِمَن گراکہ بایَن منٛز آسہٕ تِمہٕ زنانہٕ تہٕ یِمہٕ مال دیٚدٕہ سیٚتی گٹھیٚن منٛز ژورٕہ ژورٕہ سودا آسہٕ کران۔ یِمہٕ زنانہٕ آسہٕ تِمہٕ یِمہٕ پننٮ۪ن پانَس شرمدار چھہٕ وَنان تہٕ یِم پننیٚن مردَن ورٲے کانٛہہ بیان ہاوُن گنٛاہ چھہٕ سمجھان۔ مال دیٚد اُس یِمَن خمہٕ جہ بایَن یِمَن آیَن تہٕ یِمَن بیرٕ بایَن اکہِ اکہِ زانان۔ سہ اُس تِمَن زنانَن سیٚتی تہٕ سودا کران، یِمہٕ کوچہٕ گلیَن، آنگنن منٛز تہٕ سڑکن پیٚٹھ مردن ہندی پاٹھی پھیران تھوران چھےٚ آسان۔

مال دیٚدٕہ ہیٚنٛد سودا کرنُک طریقہٕ اوس عجیب۔ سہ اُس اَتھ اَمیٚن آرمیٚنیٚن ہندی پاٹھی یورٕ سے کرنکہٕ وِدان تہٕ یورکسے پنٕہٕ ہاکُکو تارٛیف کران۔ تمہِ سُند عقیدٕہ اوس زِ یِمَس خریدارس اکہِ لَٹہِ ہاک آدوینہٕ گژھ بیٚیہ لَٹہِ تمِس پانسے آلو دِیُن تہٕ تمہِ ہندِس ہاکس تارٛیف کرُن۔ مگر

نیرنہ بیٹھ شہروائش تانی آسر تمس برو پتر برو آوازو یدان۔ اگرکاہُنہ زنانہ تمس گنہ دعہ ہک خراب آسنکی بارو دِیہ ہے۔ مال دیئد اُس تمس رتھ کئی جواب دِوان زہ سہ اُس کنجی گرٹھان۔

ہتہ بی زہ کیاہ زانکھ ہک کھیئین۔ میون ہک اگر رُن ہگی وُٹھ میسٹھ نئے۔

زبی میہ چھنا چون ہک روَنمُت۔

ییلہ روَنمُت آسیتھ تیلہ مادِہک یم بارو۔ وُچھ بی نار امن گرٹھو زِنہ۔ ہک گوہونہ سُہ یتھ آبس منز پاک دِنہ یییہ۔ ہکس گرٹھ مالہ آسن۔ ہکس گرٹھ تیل آسُن۔ یم چیز اُست تہ اگر رُن واپین جان آسنہ تیلہ چھ ہکس سورُی مزہ راوان۔ تیلہ چھنہ سُہ ہک گرٹھان بلکہ چھ سُہ گیپن ہینِد لگاسہ گرٹھان۔

مال دیئد اُس نہ فقط پننس کاروبارس تہ پننس کبس منزی یوت وِنود۔ یتھ کئی سہ یہ زانہ ہے کیتھ زمینس ہکک فصل کوُت زیادہ چھ کھسان۔ کیتھ جایہ بیول وُوت چھ ہک میٹھ گرٹھان ریتھ کئی اوس تمس پتہ زہ کمس خریدارس ستی کیتھ کئی یزہ سلوک

کرُن۔ سہ اُس بُرٕس سیتھ بۆڈٕ لاگان تہٕ لۆکٕٹس سیتھ لۆکٕٹۍ۔ مَردَن
سیتھ اُس مَردٕ بنان تہٕ زنانن سیتھ زنانۍ۔ خۆچ گَھرس اَژٕہ ہے
تہٕ خۆچ طریقہ سی بیٚہِتھ اُس کتھٕ کران۔ لڑایہٕ گرِن سیتھ اُس لڑایہٕ
گرٕ بنان۔ مگر ییٚلہِ خریدار اَسِت تہٕ اُس نہٕ کانہہ گژھا کہ بٲی تِمس
شکایت کران زِ ژٕ چھکھ فلانِس سیتھ اکھ نرخ کران تہٕ میٚہ سیتھ
بیاکھ نرخ۔

مال دیٚنہٕ ہندۍ اَمہِ اصوٗلن تہٕ اَمہِ سلوٗکن اوس تِمۍ سٕندین
خریدارن منٛز سیٹھاہ برٛزر کوٚرمُت۔ مال دیٚنہٕ ییٚلہِ پننین خریدارن
ہاکہ تراوِت بازرس منٛز پیوان اُس۔ بازر اوس ییہ ہے رٕچیلان میوٚ۔ بازرس
منٛز اُسہ پرٛیتھ قسمکۍ تہٕ پرٛیتھ پیشکۍ دُکاندار۔ یِمن دُکانن منٛز اوس
ہتہٕ بدین تہٕ ساسہٕ بدین روپین مال۔ مال دیٚنہٕ اوس نہٕ پنُن کانہہ دُکان۔
اگر تِمس پنُن کانہہ دُکان اوس سہ اوس سۆدٕ ہاکہ بیوٚت۔ پُس
سہ کٕلس پیٚٹھ اَرِدتھ گَھرٕ اُس اَنان، تہٕ ییٚتہِ اَرِدتھ اُس بیٚیہٕ
گَھرٕ وانِس نِوان۔ مال دیٚنہٕ اُس اَمہِ بازرٕچ زندگی۔ نبہٕ بطنِس
وانِس اوسنہٕ تیوٚت صِفت یوٚت مال دیٚنہٕ ہندِس تتھ ہاکہ

پَھتِھس اوس یتھ اَندۍ اَندۍ خریدارَن ہنزٕ رَژٕ آسہٕ لگان۔ مال دیّد میٚتھٕوۍ بازرس منز۔ اژان اَس تِتھوٕی اَسی دُکاندار تِمس ٹھٹھ مسخری کران۔ مال دیّد اَس ٹھٹھن ہیٚند جواب ٹھٹھو سٟتۍ دِوان

" مال دیّدی ازکیاہ چھوٕی بُتھس وہ زجیار ہیوٗ"؟

اَہن جوٗ گوژ ھم نا آسُن چانۍ پاٹھۍ پھسہٕ کاژن کھیمژ یرس لہ کچار آسہ تِمس آسہ دہ زجیار تہٕ۔

مال دیّدہ اوس جوانَن سٟتۍ تِتھوٕی اُلفت یُتھ تِمس بُڈن سٟتۍ اوس۔ تمۍ منۍ دِس ہاکہ پھتس اَندۍ اَندۍ اَسی وُنہ ۲۰ وہری جوان تہٕ آسان۔ یم مال دیّدہ اَسی گَرہ گَرہ وَنان۔

وارے ژٕہ گژھک ایکٹرس آسُن، بڈٕ بالا تہٕ نرگس دیہ ہُن یتھ۔ دائر ثقافت بڈٕ انسان تہٕ اَسی مُدے گنڈتھ مال دیّدہ سٟتۍ اُشناہ گندُناہ کران۔ مال دیّد اَس بڑین ہنزٕ کتھ تہٕ بوزان تہٕ کمسنٕ ژین ہُنز تہٕ۔ ہر کانٛسہ اَس سُہ خوش تھاوان۔ کانٛہہ اوس نہ اَمس نِشہ ناراض گژھت گژھان۔ مگر مال دیّدہ ہنزٕ یہ مقبولیت اَس نہ باقی آرمینٛن خوش یوان۔ خریدارن دُکاندارن

تہٕ باقین لوٗکن ہیٚڑ مال دیّد ناگھٹ اُس - تیٚزھ اُس سہ پنٕنین کارٕ
باپین تہٕ آرہٕ مینٕین کھران۔ تِہند خیال اوس اگر مال مُرت گژھہٕ سورُوی
کاروبار لگہٕ تِہندِس اَتھس منز۔ تمہٕ آسہٕ تِمس دٕمہٕ کیٚن ژوٚدن پیٚرن
دِوہ ہوان آسان مگر تِہند یِمو دِوہ ہوِ ہوٗ سیٚتہ اوس نہ مال دیّدہ تہٕ
نہ تِہندِس کاروبارس کانٛہہ اثر پیوان۔ تِمس خلاف اُسے جادوی پیوان
کرنہٕ۔ تِمس آیہ ناکہٕ پھٕتِس تعویذہٕ گنڈٕ ناونہٕ۔ تِمے سندہٕ پدہٕ تلہٕ میٚژ
آیہ یرہٕ ناونہٕ تہٕ تِمس آیہ سحرٕ کرنہٕ ناونہٕ۔ مگر یوت کرت تہٕ گوونہٕ تِمس
پیٚٹھ کانٛہہ تعویذہ تہٕ سحرٕ یا کانٛہہ جود کارگر۔ خریدارن آیہ مال دیّدہ
ہنز برخلافی ونہٕ۔ یِمن خوجہ گھرن منز سہ اَژان اُس تِمن آو
ونہٕ زِ مال دیّد چھُہ بدمعاش۔ اُمِس چھِہ نظر خراب۔ مگر یہ کرت
تہٕ گوو نہ مال دیّدہ کانٛہہ خریدار اَتھہ۔ مال دیّدٕ اگر بارہ[12] بجی ہاکہٕ بجی
پیٚنڈس لاگہٕ کینژ باقی آرہٕ مینٕیو لاگہٕ خارٕ سیٚتہ پنداہ[15] پنداہ بجی
کھینٛچ۔ یِتوی یوت نہ ناکہٕ بدین منز آو ہرنیر کرنہٕ۔ یِم ساری چیز
آیہ مال دیّدہ خلاف آزماونہٕ۔ مگر مال دیّد گیہ برونٛہہ برونٛہہ پکان۔
مال دیّد پیٚلہٕ کانٛسہ خریدارس سیٚتہ کتھہٕ منز میٹھان اُس۔ تمام

آرمینین اُس رئیہ گنڈان - تم آسۍ اکھ اکس کنۍ وچھان تہٕ پننہٕ
دِلک غُبار کڈنہٕ خاطرٕ اکھ اکس کنۍ وَنان۔

وچھی اُمس ما اَرت تہٕ غارت - امہ ہے کوڑ سون ناوٕ بدنام
وچھ کیتھہٕ کنۍ چھے یارس سیتی کیتھہٕ کران"

مال دیدہٕ اُس بازرس منز۔ اکھ سہ جاے ژٹھمژ ییتۍ نس
دُوٗ وَتہٕ اوس - اَتہٕ نس اُس بازرس بیٹھ دوہنوی طرفہٕ نظر ییوان
بُتھہٕ اوس اکھ کوچہ - امہ کوچہ منزٕ آسۍ محلچہ زنانہٕ مال دیدہٕ نش
ییوان - آرمینین اوس امہ جایہ ہند خارٕ۔ گژھہٕ لگہ آیہٕ تمس سیتی
لڑایہ کرنہٕ زہ سہ مہٕ بہن اکھ جایہ - تہند خیال اوس اگر مال امہ
جایہ نشہٕ ڈژ نیمیف گھہٕ تہٕ زیادٕ خریدار گژھن تمس اکھ بگر مال
دیدٕ اُس نہٕ کینہہ کیُج زہ سہ تراوہ ہے یہ جاے - اگر کُنہ دفعہٕ آرمینین
سیتم لڑائی کران سہ کم پایہ اُس گژھان، سورُی بازر اوس
تہندہٕ کنہٕ دوبقان - اکہ دوہہ آو کمیٹی ہند جمعدار تمس نش - دراصل
اوس آرمینینو تمس کھنڈرن کرِت کوٗت تاز دیتمت زہ سہ ٹکن مال
دیدہٕ اَتہٕ نس تھوٚد - جمعدارن وَوٚن مال دیدہٕ زہٕ ژٕ چھکھ اکھ جایہ ژھوٚٹھ

ژُلان، لِہٰذا اکِن ژٕہ بیٚیِہ کِنہٕ ساباہ ہاکھ۔ مال دیٚدہٕ توٚر فِکرِ زِ اُمِس
کٲہشن شٔرۍ چھِہ۔ اَمہِ ورٕزہِ اوس خریدارَن ہُنید دَق۔ مال دیٚدِہ ووٚن
جمعدارس اچھا وُنی کِنیس دِماغی پگاہ دِمہٕ تھٕ بیٚیِس ساباہ۔ مگر تَمہِ
ترووٕ نہٕ کینہہ پگاہ ہیٚتھ۔ پگاہ کیُٹ نیوٗ تَمۍ جمعدار لوٚب کُن۔ اُتھ
آنہٕ لگاوٕنس اَتھس منز۔ دوٚہنس بُلۍ چھکھ بیٚینَن ہنزٕ شیرِینہٕ بیٚتھ
ژٕان۔ ہتہ چھیہٕ تموک بیٚیہ دُبارٕ اَزیٚتھ تنگ کران۔
اَمہِ اکِہ کتھہِ تہٕ آگٕٹھ اَنہِ کوٚر جمعدار موم۔ تَمہِ پتہٕ تہٕ ووٚن
نہٕ تَمۍ تَمِس زِ ژٕہ چھکھ ژھوٚٹ تراوان۔
آرمینیو بینی ہتھیار مال دیٚدِہ خلاف استعمال کرِتھ
نیت گیہٕ تَم فیل۔ مگر پتہٕ کِنہٕ کُلس کِنہٕ لابہٕ سیٚٹھا کاتھہ نہٕ کاتھہ
کِنہٕ چھِہ سبوٗد گژھان۔ پتہٕ کِنہٕ گیہٕ آرمینین ہنزٕ اکھ کِنہٕ مال
دیٚدِہ خلاف سبوٗد۔ اکِہ دوہہٕ آو مال دیٚدِہ ہِندِس رٕنِس کرم
داندرس وَننہٕ زِ مال چھے گھرِ نیرِت یارن سیٚٹھا ژوٚدٕ آسان
ماران۔ یہِ کتھہِ بیٚتھ نہٕ گوٚڈٕ کریم داندرس کینہہ۔ مگر بیٚیہِ اکہِ تہٕ
دوٚنس بیٚیہِ تہٕ ووٚنس سہ گوٚو ترین تہٕ ترٕہان۔ آرمینیو ووٚن

تمِس زِہ مال پَھٹے قادِر بجُس سِیتی ہیٚت ۔ قادِر بجُن ناو آو اَمہ کِنۍ
دِنہٕ زِہ مال اَس اُمہی نِشہِ گھرٕ کِیت ماژانان ۔ اَمہِ علاوہ اوس
قادِر تِہِ بازرس منٛز سارِنی ہندِ خدتہ لوہ کُٹ تہٕ پرون دُکاندار بیٚٹھ
اوس اُمِس عادت بیٚلہِ مال بازرس منٛز یوان اَس تہٕ اوس تمِس کانٛہہ
نتہٕ کانٛہہ ٹھِٹھ کران ۔ آرمیٚنیٚن ہنٛزِ ہیمہ کنتھِ سرٕ کرنہٕ خاطرٕ
سوٗزِ کریِم داندرن ہنٛز بیٚنہِ شہر ہاکِہ پھیٚرت ہیٚبتھ ۔ اَمہِ دوہہ تہٕ
کوٗر قادِر گنہٕ ہن مال دیٚدِ ٹھِٹھ ۔ مگر اُمِس اوس نہٕ پتہٕ زِہ تمی اسِنۍ
زامہ کیاہ کرنہٕ چھہ انہٕ شہر ڈوٗٹھ مرٕ ۔ اگر تمِس پتہٕ آسِہے ممکن چھُ
سوٚہ ماکرٕ ہانہٕ اَمہِ دوہہ دُکاندارن سِیتی تتھہِ کِنۍ کلامہ بیٚتھ کِنۍ
سوہ کران اَس ۔ زامہ یہ کینہہ شاہ وُچھ الحق دوہس تہٕ دوٚتُن شامِنس
بھائیس ۔ یہ اوس مال دیٚدِ اکھ بازرس منٛز آخری دوہ ۔ دوٚیمہ
دوہہ یِیلہِ مال دیٚدِ ہندِ بدلہ تمی گُسند ژون بازرس منٛز ہاکِہ پھیٚرت
ہیٚت آو دُکاندار لگۍ اکھ اکِس کُن وُچھنہٕ ۔ از بیٚٹھ مال دیٚدِ
ہنٛزِ جایہ بیاکھ اکھ آرمیٚنی ۔ خریدار یِم مال دیٚدِ پاران آسی
تِم تہٕ گییہٕ ہے بوٚنگ ہی ژوزِت ۔

مال دیٚد کتہٕ چھہ ۔ مال دیٚد کوٚنہٕ آیہ از ۔ اَما خارِہی چھُسہٕ

ژھہ بأژی بازرس منز اُسی یِہٕے کیتھ چلان۔ باسان اوس زن بازرس منز چھہٕ اَز دِہہ ژھیتے ہِش گمژ۔ بازر اوس یوٚہے ژھورو ی تہٕ چھوٚفوٗ ی ہیوٗ بوزنہٕ یِوان۔ کریم داندر اوس پنہٕ کینٛہہ دُنان زِ ژہ کیا زِ آو از پانے۔ سُہ اوس وانہٕ والین کُن ژُورہٕ نظرو وُچھان۔ تِمَن اُسی تِم پننی دُشمن ہِیو بُوزنہٕ یِوان۔ قادرِ گنیٛ یَس مَنڈِس بیٚٹھ شژاکہ دَب اوس ترٛاوان۔ تِمَس اوس باسان زن چھُہ سُہ تِمیٗ سُندِس سِینس یِم دَب ترٛاوان۔ خریدار یِم اُسی یِوان تِم اُسی تِتھ جایہِ نظراہ کران یتھ جایہ مال ڈیٚد اُس یِہان۔ مگر مال ڈیٚد تَتہٕ نَس نہ وُچھت اُسی تِم لاچار گژھت۔ بیٚیَن آرمینین کُن گژھان۔ از اوس دارِیاہ کالی آرمینیہٕ خریدارن ہِنٛد مجمہٕ وُچھت تِم آسہٕ اَز خوش۔ پننہٕ چالاکی بیٚیٹھ آسہٕ تِم گراہ بازر والین کُن نظرہٕ دِوان گرا کریم داندرس کُن۔ کریم داندرُن خیال اوس زِ یِمَن خریدارَن تِمیٗ سنز زنانہٕ ہاک اُس دِوان تِم یِن سأری تِمیٚسی نِش مگر تِمیٗ سُندِ یہٕ خیال دراو غلط۔ گوڈٕ ڈِہ نکہ دہہ کُن تِمیٗ یتھ زأنِت تِتھ ہاکہٕ پھوٚت۔ مگر دوٚیمہِ دہہ نوٗ تِمیٗ نیصفہ کھوتہٕ زیادہٕ ہاکہٕ پھوٚت گھرہٕ واپس۔ مال ڈیٚدہ ہِندی سأری خریدارژ لی

اکہ اکہ۔ بیمہ آرمینہ گاش پھولنہ بینٹھ دوہ لوسنس تانی بازرس
منز ہیوہ کھان آسہ۔ تمن ہنز اُس ووہنی جیت۔ مال دِیتہ یِم
دیار گھرہ اُسی اژان تِم اُسی ووہنی بیمن آرمینین ہندین چندن
گژھان۔ اکہ دوہ ہے کانہہ خریدار کریم داندرس نِش ہاک ہینیہ
دو بیمہ دوہہ اوسنہ سُہ نظرِ ترِ دوان۔ یُس بُہ سُہ اوس تمس نِش
یوان سُہ اوس تمس مال دِیتہ ہندس ہکس تاریف کران۔ کریم داند
اوس حاران گژھان۔ سُہ اوس سوچی ہاک کینان یُس مال دیتہ
کینان اُس۔ تمس اوس نہ تران فکری تمی سندہ ہیند کیتھ کنی بدلیوو
اکھ ہاکس مزہ۔ یوت دوہ دوہ اوس گژھان تیوت اُس کریم
داندرس خریداری منز کمی گژھان تہ اکھ وق دوت بیلہ کریم داندرن
ہاکہ پھوٹ وول امانت پاٹھی تھیتھ کنی گھرہ واپس پیتھ کنی تمی
سُہ گھرہ کھورُت اوس۔ کریم داندرس اوس نہ شہرین کانہہ فایدہ
سُہ اوس ووہنی صرف زنانہ ہندہ غارتہ کن شہر کھسان۔ ای غارتن
کور تمس سیٹھاہ نوقصان۔ ووہ اوسنہ کریم داندر زتیس تیوت
ہاک کینان یوت مال دیتہ اکس دوہس کینان اُس۔ سُہ اوس نوقصانس
بینٹھ نوقصان برداش کران، مگر آخر کینس کالس۔ ہر کُنہ چیزس

چھُہ حد آسان ۔ آخر گیہ تس کالس کرِہ ہا کریم داندر غارت کرتھ ینِن
ہان مارہٕ ۔ اَگہ دوہہ ہے آدشہ تھکِت تہٕ ژھینت گھرہٕ واپس ۔ ہا کہ پھوہات
اوسُس بِہتھے گیٚز ۔ دوہہ شاہ گژھتھ دوٚنٕی زنانہٕ کُن ۔

" بلاے ژھین دوہ نی یتھ داندر کارس ، بہ کرِے مزوری یتھ
آدہ یمہِ منزہٕ گینہہ حاصل ۔"

حاصل کیا زہٕ آینہٕ ۔ ییلہِ باقین یوان چھُہ ژیہ کیا زہٕ آہی ہَن ۔
نہٕ چھُم نہ ینہٕ ۔ میون ہاک زن چھُہ خریدارن دتھ لگان ۔
یہ بُوزِت کوٚر مال دٲدِہ اَشناہ تہٕ خاندارس کُن وۄنُن ۔

" بازر چھہ تم ینیران یم مرد آسن ۔ زنانہٕ موہنِہ چھینہٕ بازر
ینیران ۔" یہ بُوزِت گوو کریم داندر تھوٚد دِتھ ۔

کیاہ بہ چھُس زنانہ موہنیوٗ ؟

اَدہٕ کیاہ چھُکھ ، یُس زنانہ کتھن کن تھاوِہ سُہ چھُہ زنانہٕ
موہنیوٗ تہٕ ادہ کیاہ چھُہ ۔

تیلہِ چھایہ ایٚژ یہ میہ بوزُنت چھُہ
ایٚژ نہٕ ادہٕ کیاہ ۔ بہ چھس ینُن کاروبار چلاونہ خاطرہ لچھس
منز ینکان مگر چھس چھس گٔگف تھاوان ۔ کاروبار کرُن چھینہٕ ٹھٹھ کتھ

یہ چھُنہٕ رٔنیؤرۍ گنٛدُن یوسہٕ زنانن کاروبارہ کرنہٕ خاطرہٕ ییرہِ تِمَس چھُ دزوین نارہٕ پیٚٹھہٕ پیٚوان پکُن۔"

زنانہٕ ہٕنزہٕ ییمہٕ کتھہٕ بوزِت سۭے یہ ہنگتہٕ منگہٕ کریم داندرس کارٕ بۄن کُن۔ تِمَس باسیوو ہنٛدُن پان زنانہٕ برونٛہہ کنہٕ اکھ گوناہ گار ہیوٚ سہٕ اوس بہٕ ہنٛز کنہٕ یِژھان زنانہٕ منگہ مأفی۔ مگر زبان اٰسس زٔن ہیٚنکلتھ گیہٕ ہان۔

مگر ژہٕ کیاہ چھک وَنہٕ نی سوچان۔ میٚہ چھُ بیتہٕ زہٕ ژہٕ کیاہ چھک وَنُن یژھان۔ یہ گوو ونیو کتام تہٕ تہٕ گوو۔ میٚہ دِ اجازت بہٕ گژھہ مُبحنس بیٚیہ ہاک ہیٚنتھ بازر ووچھہ ادہٕ خدایس کیاہ آسہ کرُن

کریم داندرن کرِ ژھوہ پہٕ، تہٕ امہٕ ژھوہ پہٕ ہُنٛد مطلبی اوس زِ تِمی دِیت تِمَس شہر گژھنُک اجازت۔

مُبحنس دژایہ مال دیٚد بیٚیہ شہر کُن۔ سہ رتھتھے کنہٕ کلس بیٚیہ ہاکہٕ پھوٗت ہیٚنتھ۔ بازرن، کوچن تہٕ سرکن پیٚٹھ ہیٚیرن بیٚیہ مال دیدہٕ ہنز آواز ییٚنہٕ۔ زنانہٕ ہیٚیرن دار یوٚ کنہٕ نیرنہٕ۔

مال دیدی مبارک۔ مال دیدی مبارک

خوجہ بابہٕ تہٕ آیہ آسہ دارہ نہٕ، یوٚ کنہٕ مال دیدہٕ کُن وُچھان۔ تِم

تہٕ آسہٕ اُمِس مال دیٚدِہ کُن وُچھت خوش گژھان۔

مال دیٚد چھُنٛوٚی بازر دارِتھ اکہ اندہٕ پیٚیٹھہٕ بییس اندس تانۍ وۆتھِتھ شور۔

مال دیٚدہا آیہ۔ مال دیٚدہا آیہ۔ مال دیٚدی مُبارک

مال دیٚدِہ ہندہٕ ہینہٕ سیٚتۍ چھیر بازرس بییہٕ اکھ نوٚو زندگی

سُہ ژھریٚرِیُس مال دیٚدِہ ہندہٕ گژھنہٕ سیٚتۍ بازرس اوس یادہٕ گوٚمُت گژھو بییہٕ پوٚرہٕ۔

مال دیٚدی کتِ بی آسکھ

مال دیٚدی خاطرٕ چھا بی

سارِنۍ اوس پننہٕ زِہ مال دیٚد کیتہٕ آمُت تہٕ سُہ کیا زِہ اُمِس نہٕ شہرٕ ماک ہیتھ کھسان۔ مگر یہ کرِتھ تہٕ اُمی سارِی پرٛیژھان تِمِس زِہ سُہ کیتہٕ آمُت۔ مال دیٚدِہ اوس تِمِس ہیٚیٹھ جیبہٕ ہک پردہٕ میوٚہ ہیتھ سُہ آمُت نہٕ پننہٕ زیٚوہ ہیکان دِتھ زِہ سُہ کیتہٕ آمُت۔ بانہٕ ہیتِس بییہٕ ٹھانٛڈہٕ ہیتھ دِنہٕ مگر اُسہٕ ہیتِس کیاہ کرُزِہ۔ اکہٕ طرفہٕ اوس سلام لایہٕ گوٚر تِمِس ٹاوس تُلان بییہٕ طرفہٕ اوس تِمِس جیبہٕ دُوٚن زیرزیر دِوان۔ سُہ آمُت پننہٕ کنہٕ اوریچ یوریچ کیتھ تِتھ یہ سوال اورہٕ یور

ڈالون یژھان۔ مگر آخر گیتس کالس۔ قادر گنئ اوس اوتانی کمس تانی خریدارس ماز دِنہٕ کِس گلہٕ گوشتس سیتی۔ مگر ووہان وۆتھ سُتہٕ مال دۆیدہٕ کُن۔

مال دیدی اَز چھک بێیہ ہَن لعہ کِیٹھر۔

بہٕ بُوزِت رُودُنہٕ مال دۆیدہٕ گیٛنہہ آبتاب۔ سہ وُژھ تھۆد تہٕ ہاکہٕ واجنیٚن کُن ہوُن قادر گنہٕ یَس اشارہ۔

دۆہنس۔ ہتا بچارِیاہ کرُو ژھعہ پہٕ۔ ہمہ کولیہ جیانہٕ ہا تھۆنے بێیہ کینہہ لانج اَنھ۔

بہٕ بُوزِت نزدو ساری بازرن ٹھاہ ٹھاہ کرِت اسُن۔ مگر ہاکہٕ واجنہٕ آسہ بێیہ پانسی سیتی کتھہ کران وَنان۔

بے غارت وُچھہ مندہ چھہان ماچھہ!

# تنٛزٕ کھوٚر

ییٖہ کٔھرٕ سور گوٚو شہمتیٖنہٕ کارٕ صُبحکے میمہٕ نظرٕ۔ یِتھی تمِس اَہنزٕ نٔتی نالہِ بیٚیٹھ نظر پیٚیہٕ۔ تمِس ہیٚیژن دٔروکہٕ پیٚیہِ۔ اَبِس منٛز تھوکہٕ لایان ژابہٕ سعہٕ اُچھ وٕٹِتھ اندر۔ تمِس آیہِ سارِی سی پانَس دنیہٕ زَن گرٛھان۔ صوٚبرٕ اوس وٕنہٕ میمہٕ سجاونسی منٛز آوُر صحب اوس ریشمی لیف ہیٚیتھ کھرٛوک ماران۔

صوٚبرا۔ میمہٕ کوٚر بانبرٕ ہوٚت صوٚبرٕ ہتنٛزس آلو۔ تمِس ژٕجیوو چینوٚ پیالہِ اُتھہٕ منٛزٕ نیٖرت۔ یُس سُہ میمس بیٚیٹھ سجاوان اوس۔ "کیاہ میم صحب" تمہٕ وٕوٚن بانبرہ سان۔

"وُچھان چھُہنہٕ ہُہ کھوٚر۔ یہ چھیٚیسن ییٖہ پرٛیتھ دوہہٕ صُبحے اَتھہٕ جابہٕ نالہِ فش دِوان وُچھان۔ میٚیہ چھُہ ییٖہ کھران۔ ییٖہ وُچھت چھیٚیہ میٚیہ دٔروکہٕ پیوان۔ میٚیہ چھیٚیہ صُبحس چاسے پنٛدی نیران۔ اگر ییٖہ

دُبارٕ یوٚتتَ اوس۔ زٲنزٕ ہوٗس بوٹ آسی خٲلی۔

”میم صحب۔ ژٕ ہتھاوی زٕ نظر۔ کھرٕ اَہنز گرد ڈُڈاوٕ یہ۔“ صوٚبرن ووٚن دٕند چیران تِتھٕ کُنی میم صحبہٕ۔ زٕنُ ستہ کھرٕس نیوٗلوٗی کھیٚنیہٕ ہے۔ تمہٕ کرٕ نظراہ شیٖشہٕ منزٕ۔ کھوٚر اوس آبس منز دم دِتھی دِتھی پنہنز ژامو گول تال کھالان تہٕ والان۔ صوٚبرس کھوٚت تیوٗت خشم زِ تمہٕ دوٚپ اَکھ کُنٹھ تلہٕ تہٕ اَہنزٕ ترامہٕ کھاسرہ کرٕ ژلی۔ ستہ دژاو تہٕ امی غرضہٕ ہوس بوٹ نمس بیٚنٹھ۔ اما کانہہ آے داے آسنہٕ ستہ اوس شرارتہٕ ستی وتھہ زلیوٗمت۔ کنہٕ فیژن تام اوس وتھہ شلون فیوٗرمت۔ سخ اوس تس تیلان۔ دٔپان اوس وُچھ ڈسلابس کیاہ فش اُوتم اُمی۔ یمہٕ وِزِ تیٚژ اَس یہ گوٚڑنچ اسانی۔ ستہ اوس نہ اَندری وُیژان کُنہٕ۔ دٔپان اوس کیاہ زنتہٕ چھا میہ ستہٕ دٕ یہ گت ویلایتی میم تہٕ صحب آمت —— ویلایتی صحب تہٕ میم —— انگریز۔ عیاش موہنیوٗ —آبکی پاٹھی پانسہٕ خرچاوان —— میہٕ آو جل —— کیاہ یہ جل ژلیا۔ —نہ ہرگز نہ —— یہ سونچانی دِژ تمہٕ اَتی بیٚٹھ کرٕ بِکھ ——“ ہیا کھرہ ہاہرا —— کھرہ سورا۔ نیر کھا انیتہٕ کِنہٕ دُنہ کرت دریا بُرنز۔ ژیٚنہٕ آیی نابیٚنیہ کانہہ جاے اَکھ۔ ژہٕ لوگکھا ییٹھی بلایہٕ۔

کھرِ ہُنز یہِ تہٕ لاعِچن مارے – اُہنز مارے وُچھت آو صنوبرس
جادَے وُرہٕ تاو۔ تمہُ ہیٔژہ وہ ڈی کھرِ سنزہ سَت ہیرہ بُزیہٕ۔ تمہُ
ہیٔوت تمِس فاش پرٕن۔ یہِ لیکہٕ لیٔک بُوزت گیٔہ اتیٔت وار باہ ٹکھ
جمع۔

"وُچھو ہیا کھرٕ با۔ کولہٕ وُنی کرَے تؤت ہمیقر اکھ کھرہ۔ ژہٕ
آکھہٕ بورہٕ درہٕ لگینہٕ۔ ژیٔہ ادیہ وِجہ داو۔"
صنوبرَن ہیٔوت پتوٹھس بیٔنہٕ لیکہٕ فاش پرٕن۔ سُہ لوگ کھرِس
باہ باہ ترک ورٕنی لیٔک کرٹانہٕ۔ تمہُ تھاوِ نہٕ کھرِ سنز موج، کھرِ سنز
بیٔنہٕ – کھرِ سنز کوٗر کینہٕ۔ تمہُ کُرِ نہٕ کھرِس سنجرا، لگانا، ہُنہر، ہیٔنہرا
سواٸی کینھہ — وُیت سُہ تمِس لیکہٕ ژاران اوس تیٔوت اوس تمِس
رٕتہٕ گرٕ لیکھ کران۔ دِیان اوس کھوٗر ہیٔت دورس تہٕ کرس ریزہٕ فان
سُہ دوٗہ تہٕ امی خاطرہ تشکارٕ منز۔ کھوٗر اوس نہٕ اوٗب کینہہ زِ سُہ
روزِ ہے مار کھیٔنہٕ باپت تنی کھُتی۔ تمہُ بیٔلہٕ صنوبرُ تشکارہٕ منز وسان وُچھ تمہُ
تھاو لوتی دگ۔ سُہ دراو شیٔتھہ نوٗنی۔ اگر سُہ رٕژھ اکس بیٔنہٕ تیٔت
روزِ ہے۔ تمِس بہِن نہٕ پینتہ اُکھ۔ آخر تہٕ اوس یہِ صنوبرُ نہٕ رزنگ
سوال۔

منوبرنہ لیکہ ہُزت اوس ووٚنی صٲحب تہٕ ہُشیار گومُت۔ میمہٕ
اوس کُٹھہٕ اَندرٕ ے کھوٚر ژلان وُچھمُت۔ تہٕ یہ وُچھِت اوس تَمہ تیتھہٕ
کنٛی اکھ دوہ شاہ نزوومُت۔ یتھٕہ کنٛز کانٛہہ کانٛہ بلایہ نِشہ منہ کلت
تراوان چھُ۔

یکٕی دوہ اوسی گمٕتی یِنہٕ میم تہٕ صٲحب منوبرنِس ہوس بوٹس منز۔
روزنہٕ آمتی اوسی۔ یم دوہ شوٚے باژٕ اوسی وارہ وارہ جایہ وُچھان وُچھان
کشیرِ آمتی۔ انگریزن چھُ ہوس بوٹی منز روزُن خوش کران۔ ادہٕ
یم تہٕ اوسی امی منوبرنس ہوس بوٹس منز روزنہٕ آمتی۔ منوبرُن ہوس بوٹ
( Dal - Queen ) اوس ڈل گیٹس نکھے اکس اندس کُن ٹھہرنہٕ
ہندی باگھ بارادِ تھ شولہ داران۔ اکھ سینی اوس سبز درمنہ ژکلاو
یتھ بیٹھ منوبرن لمہ کٹھہ پوشہٕ چمن اوسُم بناومُت۔ اکہ اندہٕ آسہ دِرہ
یُہند شیشہ ہجار اوس ژن ددٕی منزٕ دِلس یُہند آمتا دکاسان۔ ڈل
آبہٕ بیٹھہٕ آسہ ہوا گرایہ دِوان۔ صُبحُک اختابہ اوس سونہٕ سبزہٕ
ژرہٕ ہیٛتھ آبس منز ژن پننٕ تاو کڈان۔ بطخ اوسی اندی پکتی آبس
منز کمہ آیہ تندلہ یکان تہٕ ڈنگہٕ دِوان ـــ سیتی ڈل گیٹ۔ تہٕ اتہٕ نکہ
نقدِ آب ونک شور۔ گاڈن ہنزٕ دوڈ۔ آبکٕ پوس۔ بتھ سلیمان کوہ

بلوارڈ۔ یتھ بیٚٹھِتھ صبح ژ شام موٹرن تہٕ ٹانگن، بسن تہٕ لارین تھکھی چھیٚنہٕ آسان۔ اَمہِ سرٕ اکہ ڈلت اکھ محلہ۔ لرین ہند گنبر۔ یمن لرین منٛز رۄزن وۄالین نک۔۔ دور کوہ تہٕ بال۔۔ نیٚہ تہٕ نالہ۔ یمن بالن بٮ۪یٹھ ژیلہِ وٕنی اوبرہ لنگ۔۔ یہ حُسن بہٕ نوُر۔ یہ سورُے کیٚنہہ چھُ ۆچھت اوس دِل تنبلان۔۔ باقی وزیر بیٚلہِ ڈلگیٹ واتت اتہ بیٚٹھ گگرِی بل تام ہوس بوٹن لانٛہ وۄچھان اُسی۔ تم اُسی ہنگہ منگہ صوبرن ہوس بوٹ ۆچھت رۄزت گژھان۔ رژہ اکس آسہ تھنزہ اُچھ اُتھی کُن درہ لگان۔ انگریز اُسی صوبرنس ہوس بوٹس زن بلا بہ لگی مَتہ اوسے اُسی تم اکھ منٛز کیٚنہہ دہہ رۄزنہٕ خاطرہٕ تمے آنتہ ہی بوزنہٕ یوان۔

صوبرنس ہوس بوٹس منٛز اوس اَز تہٕ اکھ انگریزی جوری رۄزت یمن اوس زنتس اکس یِتہ رۄزن۔ یہ اکھ ریتھ کیاہ اوس۔ اکھ وری صوبہ ہینہٕ اکہِ وری ہیک رۄزگار اوس بہ ریت۔ اَمہِ اکہِ وری تہ زی ہیکہٕ ہے شہ وری ییس کھبت۔ مگر یہ تنزہ کھوٚر۔ اُمی کھری اوس صوبرنس رۄزگارس زاف اوٚمنت۔ کھرس ۆچھت اوس میمہ ژلن ہیتیمت۔

گوڈنی دوہ ہے اوس میمہ کھوٚر نظرہ گومت ۔۔ سہ اُس دوربینہ

مٔنزِ اندرِ پتیک نظارٕ وُچھان۔ تمِس اوس کیاہ زبر گُلطف آمُت۔ یِہ سورُے نظارٕ وُچھان وُچھان اوس تمِس اکھ عجیب انسانا نظرٕ گوٚمُت۔ یُس آبس منز ڈُری یانہٕ گژھتھ اوس ماران ییٚہ اوس تمِس عاژن اکھ جانور لبن آمُت۔ اُمِس اوس کلہٕ کھرٕ کھیٚوٚمُت۔ کھرٕ ژکل آسی تیتھ کنہٕ اُہندِس کلس پیٚٹھ ناپان یتھ کنہٕ شیشنہٕ بالن پیٚٹھ ٹیٚنچھ ہوٚر شیٖن چھُ آسان۔ یِہ کھوٚر اوس یمن کھرٕ ژکھن زورٕ زورٕ کشان۔ گٔشہٕ گٔشہٕ اوس تمی کلس رتہٕ وولمُت۔ یمیٚہ اوس یِہ کھوٚر پانہٕ کلس تچھان وُچھمُت۔ تمِس آسن وۄلٹی ہیٚرٕ مژٕ ییٚنہٕ۔ تہِندِس کلس منز اگر کانٛہہ ہوٚنس تہٕ گرمی دانہٕ نیرہے، سُہ تہٕ ییہے ہٮ۪ تہٕ صابنہٕ چھلنہٕ۔ تمِس یہن قیمتی انجکشن کرنہٕ۔ انجکشنو ذریعہ ییہے تہِندِ پانہٕ منزٕ یہ زہر کڈنہٕ۔ مگر یِہ مُلک — یتہٕ چھُ لُک کھرٕ کھیمتی۔ بجِس نام چھُ لوکن کھرٕ ژکھ کرن میتہ یم چھُ یِہ کھُرٕ ہیتھ آبس دِسان۔ آبس مع ردار کران۔ امہٕ کھرٕ ہندی جراثیم چھ ساری سی آبس منز پھالان تہٕ اُتھی آبس پیٚٹھ چھُ یِہ ہوس بوٹ۔ دبہٕ چھِس یُتھی ہوس بوٹس منز روزان۔

میانہٕ خودایہٕ دبہٕ کوٚت لجِس۔ یُتہٕ چھِنہٕ ظاہر انسان روزان۔ یُتہٕ چھ جنگلی جانور روزان۔ تمِس گیہٕ امہٕ ہوس بوٹہٕ دِیی۔ ہوس بوٹہٕ کین قیمتی

پردن ہنز دِی، تمِس گیہِ پوشہِ گملن ہنز دِی۔ اَندی لکی سارِنی چیزن ہنز دِی۔ کیوہ آسہِ تمِس یِمے دیو تہٕ رچن بوزنہٕ۔ آبس منز ژھالہِ مارَان کاڈہٕ لجہِ تمِس شرف بوزنہٕ ییہٕ۔

یہِ اوس یِہ تس پَتہٕ ژورِیُم دوہ ییہِ تمِس یہِ کھوٚر اوس بیچھ پیٚومُت۔ گوڈہٕ نِکہٕ دوہ دوپ تمہِ ظاہر یہِ ییہِ نہٕ یکہٕ۔ امہ پوٚز ییلہِ دوٚیمہِ دوہہ چیچھے سوہ سلیمانکی فوٹو تُلنہِ لیج۔ کھرِی کوڈ اَمی وزہِ آسہٕ منز کلہ۔ ازاو کھرس وُچھت میمہِ جادے کھوژن۔ یہِ اوس اکس جنہٕ سندی پاٹھی تمِس پرکَس زَن ژامُت۔ اُمس اوس پرتھہ طرفہٕ اَہنزی صورت بُتھہِ ییوان۔ کھرِیس آسہِ اَچھ رَن دوہس گمژہ وُسِت۔ بُتھس پیٹھہ آسس اَڈُی جہِ دوہ تلیمژہ۔ بچھ ژم اُسس گیجمژ۔ گرمی تہٕ کھرہِ سیتی اُسس تن برتا۔

میم صٔحبہ اوس ازیہِ جہِ چھیت زَن پژاہ گومُت۔ تمِس اُس کُنی جیچھ ژجمژ رنیر بھتھ۔ سہ اُسی باشبرہ ہُژ اندر ژامژ۔

دوہ ڈی اوس صوبرن گھوٚر رِیچہِ تراونومُت۔ سہ اوس دیہلِ گگر ہیٚو تمِس بروٚنہہ کنہِ ژوٚلمُت۔ اَتیت اوس دوہ ڈی نہٕ کھوٚر نہٕ کھرِکی شند نشان۔ مگر میمہ اُسی ڈُنہِ آبہِ گگی ییوان۔ ڈُنہِ اُمس سوہ ٹھوکہ تراوان۔ ڈُنہ

آسہ تمس دِنہٕ گژھان۔ مُشہ مُشہ اُس کٔھرِ سِنز شکل میمہ ہندِس دیماغس منز ووتلان۔ صوبرن اوس میمہ ووٚنی ٹھیک پاٹھۍ بیٚہنہٕ وٕمت ز کھوٚنہ پیہ نہٕ ووٚنی دُبارٕہ یمہٕ دِتہ۔

میم تہٕ صحب دٕراۍ اکھ دۄہ ہے دِگرِنش کیٚنہہ ہیٚنہٕ کرنہٕ بَڈس بازرس کُن۔ اورٕہ یورٕہ پھیران ژاۍ تِم اکس ڈوٗنۍ ہنٛزِ دُکانس منز۔ تِم لگہ شوقہٕ سان کاریگرن ہنز کارِگری وُچھنہٕ۔ ڈوٗنۍ ہنٛزِ ہنر کأم وُچھت راوۍ تِم۔ مہانہ مُدرہ شنگ موٚہو نقشہ، بطخ، انز، ہمپوش، بونہٕ پنہٕ دۄلتر

"آہا کیاہ خوبہ وُن تہٕ شوبہ وُن چھُ یہ سوٗروی آرٹ" میمہ دوٚپ صحبس کُن۔ اکھ اکس کھوتہٕ اکھ چیز۔ ڈوٗنۍ ہنٛزِ مٔیٹھ پرژھ کأم یم پوش۔ یم پنہٕ دۄلتر ــــ اما کُھمہ سنا چھِ یم چیز بناوی متۍ ــــ کیاہ یہ چھا یمہٕ لکوٚ یم سارِ چیز بناوی متۍ ــــ کیاہ یہ چھا یمہٕ لکوٚ یم سارِ چیز بناوی متۍ ــــ میٚنہ کِنہٕ نہٕ کیٚنہہ ــــ یم زوٚن پٔیمتۍ انسان یم بدصورت تہٕ بے حِس انسان کیاہ بناوَن یم چیز۔ یِمَن منز کتہٕ گوٚو چھُ احساس پادٕہ ــــ یہ چھُ اکھ زندٕہ آرٹ۔ یہ چھُ تِمَن انسانَن ہُند فن یم پزۍ پاٹھۍ زندٕہ آسن باسان۔

اَمہ پتہٕ ژاۍ یم اکس ایمبرائڈری دُکانس منز ــــ رٔشن تہٕ پن

— اکھ موموٗلی چیز۔ مگر امی سیٖتۍ انسانہٕ سُنٛزن او ننٛگجن ہنٛد کمال —
سفیدرٕ فل — اُتھی پیٹھ یہِ کأم — یہ گو تہٕ گُلزار کٔمی چھہٕ یتھ سفید
کلٕرس پیٹھ فورا رہٕ وُمت۔ یم رنٛگ کمی چھہ یتھ برٛکرمنی — یہ کُس چھ
یہ کم اُتھ چھہ —" میمہ ہیٚیت نرم رٕفلہِ پیٹھ دہ ٹھراو ہتھ یم بوٗش
بینہٕ نیتھ نوزُک، اُتھ سیٖتۍ تہٕ وُچھنۍ۔ تمہٕ ہیٚیت شوقہ سان اُتھ پیٹھ
اُتھ فرٛون۔ صحب لوٗگ اکھ جیکٹ وُچھنہٕ۔ اکھ سبز جیکٹ،. یتھ
دوہن ٹیکبن پیٹھ زٕہ بوشہ ٹھرہ کیاہ جان یا گھٹی فٲرت آسہِ۔ امہ چین
کنٛجین پیٹھ آسی گوہ لاب بوٗش سبز۔ وُٹھرن منٛز۔ نایان تہٕ تابان۔ امہ
جیکٹک دامن اوس بوٗشہ لنجیو سیٖتۍ برٛت۔ صحبن وول ہینگرہ پیٹھ
یہ جیکٹ تہٕ لوٗگن یانہٕ پننہٕ میمہ — میمہ ہنٛد بتھ آو اُتھ جیکٹس منٛز
تتھوٕی لبنہٕ یتھ سبزینہٕ وُٹھرن منٛز گوہ لابک بوٗش لبنہٕ چھہ یوان
— تمہٕ ترووگاہ۔

امہ بروٗنٛہہ اوس بیاکھ دُکان۔ امہ دُکانہٕ کس بورڈس اوس
لیکھت "PAPER MACHIE STALL" میمہ تہٕ صحب ییٚنہٕ
اُتھ دُکانس منٛز۔ ژایہ تمن باسیوو زن تم خبر کیتھ طلسمی محلس منٛز
واتی۔ یتہٕ سوروٕی کینٛہہ جادہِ کہِ زورہ چھہ بناونہٕ آسان آمت۔ تمن

بیوٗٹھ نہٕ زہ یِم چیز کیاہ آسن کانٛسہٕ انسانَن بناوِمٕتۍ۔ اَتہٕ اوس خال بسیار ۔ دٕچھِنہٕ تہٕ کھوورۍ ۔ پیتَھ تہٕ بروٚنہہ تھٕو یارۍ اوس طلسمی کلر خانہ — بیرمٲشی ہندۍ چیز — ژم چیز یِم وُچھِتھ انسان راوان چھُ۔ دپان چھُ کیاہ یہٕ چھا کانٛسہٕ انسانہٕ سُند کار۔ نہٕ انسان ہیٚکہِ نہٕ یہِ کمال ہٲوِتھ۔ یہِ چھُنہٕ انسان — یہِ چھُ خُبر کُس طاقت — یہِ فن — یہِ کاریگری — کیاہ انسان دانیاہ اَکھ کمالس — یِم سِنگار بکس ٹایٔ بکس۔ صابنہٕ دانہٕ — پھوٗل دان — گمُہٕ — سگریٹ کیس۔ قلمدان — تصویرن ہندۍ یِم فریم — یہِ کوٚہُند کمال چھُ — یہِ کوٚہُند فن چھُ — کوٚت وَخ تہٕ کیٛژ محنت آسہِ اَکھ اَکھ نقش بادٕہ کرنس منٛز لٚگمُژ — یہِ پھوٗل دان — اَکھ بیٚیھ یِم پوشہٕ — باغٕ کیٚن قدرتی پوشَن منٛز آسہٕ نہٕ یہِ حُسن۔

میمہٕ گرٕ پیٚنہٕ خاطرٕ وارِیاہ چیز پسند۔ محبوٗبن تہٕ گرٕ پیٚنہٕ تہٕ پنٕنین تہٕ بیٚنین یارَن دوستَن ہندِ خاطرٕ چیز پسند۔ یُس کانٛسہٕ بدودی ژم بیٚتھ جایہٕ فنیٚنین بارِی کیٚن وُچھان تہٕ ویژھ نلوان۔ اَکِس کھوتہٕ اَکھ چیز۔ ژم کیاہ ہیٚس تہٕ کیاہ نہٕ ہیٚن ژمن اوسہٕ کیٚنہہ تران فکرٕ۔ برٚیتھ چیز اوس شوٗبہٕ دار تہٕ برٚیتھ نقش اوس بے مثال۔ گوٚبہٕ ووٗنۍ تہٕ شوٗبہٕ

ژِری کارِ گری ہندی نموٗنہٕ۔

"کوتاہ تُھدِ پایگ آسہٕ سہ فنکار یُس یِمَو رنگَو سیٚتۍ زندگی منز حُسن بَرِ۔" صحبن ہیوت پانٕ پانس سیٚتۍ وَنُن۔

"پیٚٹھ یُس پایہٕ پَزِ آسُن یِمہ فنٕچ پوٗزا کرٕنۍ۔"

"اَسہٕ پَزِ تِمَن فنکارَن سُنز پوٗزا کرٕنۍ یِمو یہ فن بنوو۔ یِمو یِم نموٗنہٕ یادٕ کری۔" یِمہٕ وَنن صحبس کُن۔ بہ چھُس دپان سہ فنکار دُچھِن بہ۔ تِمَن سیٚتۍ کَرِ ہا بہ کیٚتھہٕ ژٕ مبرٕ؟"

صحبن اُوُن یِمہ ہُند وَنُن بجا۔ تِمو وَنن دُکانہٕ کِس مالکس زِ بہ چھِہ ہَن تِہُند سہ آرٹسٹ یُس یہ آرٹ چھہ یادٕ کران۔۔۔

دُکانہٕ کِس منزی یِس چھِن منز اوس اکھ کُٹھ یتہِ بیٚیہ ماشی ہندی یِم نموٗنہٕ بناوَن والی کاری گر اَسی بیٚہان۔ یہ کُٹھ اوس لوٚب اکِس اَندس کُن۔ بازہٕ طرفہٕ اَسِ اَکھ اکھ دار۔ اَمہِ دارہٕ کِنہِ اوس گاشِس یِوان تہٕ اَتھی گاشس منز اَسی یِم ساری کام کران۔ کُٹھس منز اَسی وارِیاہ چیز چھکرِتھ۔ کُنہِ چیز لَبہٕ آسہٕ کرتِھ تھیٚمِتۍ۔ بوٚر اوس یِمَن جایہٕ جایہٕ وُچھمُت۔ یِمن لبن آسہٕ مختلف رنگن ہندٕ ٹیٖکہٕ بیٚہمٕتۍ نیٚتہٕ کرِس کُن اوس خالی گاٹہٕ کانہہ وزیٖر رُخ کران۔ تہِ گیلانہٕ

رِتمن کیاہ غرض اوس یمٚ کمرٕ وُچھنک ۔ رِتمن اوس یِہ چیز وُچھُن ۔ چیز بناوَن
والِس وُچھت کیاہ کرٕ ہٕن رِتم ۔

یِم یِم نمونہٕ ییتھ کمرس منز بنہٕ ہٕن رِتم اُمی دُکانہٕ کِس شوروُمس
منز سجاونہٕ یوان ۔ کاریگر اُمی یِمن چیزن منز حُسن ، دِلکشی تہٕ
نزاکت پاؤدٕ کرنہٕ خاطرٕ پنُن خوُن دِوان ۔ رِتم اُمی بینہٕ کمزور جِسمُک
طاقت ۔ اُچھِن ہُند گاش اوٗنگجِین ہُند زوٗ کارلت یِم نمونہٕ رٔچھ
کھلان — ہانکل ۔ یِم جنگلن منز ژھالہٕ ماران چھہ — وُڈٕ وِنی
جانور — گوُلاب لِنجہٕ پیٹھ بُلبُل سُند نغمہ ۔ کوہ دامنن پیٹھ مورہ سُند
نژُن ۔ بالہٕ ہمٕ ین منز ژھیپن ژھاین گنڈن وٲلی لکہٕ ۔ دٔری یاوَن
ہندِس آبس منز اورٕ یور ژھالہٕ دِوان گاڈٕ —— کُتیاہ چیز اُمی
یِم کاریگرن گوستہ یِمن چیزن پیٹھ مُرت تھاوان ۔ یِم نمونہٕ
اُمی دُکانس پیٹھ دواتان ۔ گراک اُسی یِمن دُنیاہکین کوٗنن منز
واتناوان ۔ یِمن چیزن سیتہ کُس لوٗب تہٕ محبت اوس بأگراونہٕ
یِوان — یِمن ہنز تارِیف اوس پرِتھ کانٛہہ کران ۔ مگر سہ کاریگر
سہ فن کار ۔ سہ آرٹسٹ یُس یِم نمونہٕ دُنیاہس برونٛہہ کنہٕ تھاوان
اوس ، اوس نہٕ کانٛہہ یاد ۔ کانٛہہ اوسنہٕ تمہ ہند فِکران — یِژ چھہ

یتھ دُنیہس منز چھیہ پنچ سیٹھاہ قدر۔ اما پوز فن کارس چھُنہٕ کانٛہہ
پرٛژھان ــ نہٕ کانٛہہ کأنٛسی اگر کانٛہہ وزیر یتھ کمرس منز ییہ ہے تہٕ
اوس یمی اَنہِ گرٛٹھ ہیرہٕ کنہ کھٔسِت یمَن کأرِی گرَن وُچھان۔

اَز تہٕ اُس اکھ ویلایتچ میم صٲبس زہٕ تھپ کرٕتھ یتھ کمرس
کُن آمژ۔ دُکانک مالک اوس یمَن سیتی۔ یتھ کمرس منز واتِت
لیجِ میم اُچھن مرَن دِنہٕ۔ تیمبرِ اوس گاشہ منڈیُن تہٕ یتہِ اوسُس نَن
گژھٕ زوٗل۔ تمُس آو نہٕ زانٛہہ کھنہِ کینٛہہ لبنہٕ۔

سہٕ اُس وٕہہ نی دارِہ نشہٕ۔ اُکس وگہہِ زچ پیٹھ اُسی
زُنی ژھومرہٕ بہات۔ اُتی اُس جَجیر۔ ننگہ ڈبہِ اُسی اندی پکھہٕ
اَتہٕ اوس بدلے مُشکا یوان۔

دُکانکی مالکن ہوو میمہِ اکس کأرِی گرس کُن تہٕ دوپنس
"یہ چھُ سون آرٹسٹ۔ سون فنکار ــ سون کأرِی گر ــ
میمہِ پیلہِ اُمس پیٹھ نظر پیہ۔ تمہِ ہیرٕ ژہ رُمالہ سیتی اچھہِ نیہ
صاف کرِنہٕ ــ اُتی لیجِ اُمس وارِہ وُچھنہٕ ــ اُمس وُچھانی وُچھانی
ژٕج تمُس کمہ یکھ نیرِتھ ــ "کھوتہٕ" ــ "کھوتہٕ" ــ صٲبن
کٔر میمہِ تھپ ــ یہ چھُ سُی یُس صٲبن سانہٕ تاوہ برونٹھہ کنہٕ شران

اوس کران — سُہ کھوٚر ییُمہ تتھِس زَن پرٛاہ اوس کورمُت — مگر سُہ کھوٚر اوس وُنی کیٚنہہ اِکھ آرٹسٹ۔ اُکس فنکار سٕندِس حیٚثیتس منٛز تمِس بروٚنٛہہ کنہِ۔ بُرش اوس تمِس اتھس کیٚت۔ سُہ اوس وُنی کیٚنہہ اکِس فنکار سٕندِس حیٚثیتس منٛز تمِس بروٚنٛہہ کنہِ۔



کاشرِس چھُہ وونی پننُ رسمِ خط۔ لہٰذا

چھُنہٕ وونی کوشُر پرُن زیادٕ مُشکل۔ توٚہیہ

رٹِو یہِ کتاب اَتھَس منٛز تہٕ ذرا دِل دِت

پرِٛو اکھ افسانہٕ اَدٕ ہیٚکِو توٚہیہ اندازٕ

کرِتھ زِ کاشُر چھا زبان کِنہ نہٕ۔

# احمد ریشہ

احمد ریشن ناو بوزی ہتی چھُ باسان زِ یہِ گژھہ کانٛہہ بھلہِ پایک پیر یا فقیر آسُن ، مگر احمد ریشہِ نہ چھُ کانٛہہ پیر نہ کانٛہہ فقیر۔ ناو چھُ اَمِس اَمہِ کِنؠ معتبر باسان زِ اَتھ سیتۍ چھُ لفظ "ریشہ" تہِ لچھہ واٹھ کرِت ۔ ریشہ چھِہ عموماً ژارہ یا یکھص پورہ آسان ممکن چھُ احمد ریشن کانٛہہ جد یا بڈبُب تہِ ما آسہِ گنٛہِ اتھ انگ ریشہ ۔ تِم تہِ ما آسہِ ہن اکہِ وقتہ پیر مُریدی کران ۔ مگر شہرت چھُ دوہ نی یِہند ہوا نوا بدلیومُت ۔ یِم چھِہ دوہ نی کاروبار کران ، نوکری کران احمد ریشہ تہِ چھُ مزدوری مشقت کران ۔ مگر اَمہِ علاوہ چھُ تمِس اکھ شوقہ اگادِہ گومُت ۔ شہ شوق ، یِتھنہِ نہ ریشہ لگن تہِ نہ پیر فقیر ۔ اگر کانٛہہ دوہ زِ احمد ریشہ چھُ فُٹ بال گِندن وول اکھ کھلاڑی ۔ شہ اَمہ

دِیہ رَیشَس تہٕ کھلاڑِس کیاہ واٹھ چھہٕ پانہٕ وٲنۍ۔ مگر یہٕ چھہٕ حقیقت زِ احمد رَیشہٕ چھہٕ اکھ کھلاڑی۔ یہٕ تہٕ چھےٚ حقیقت زِ تمۍ چھُنہٕ کُنہ بین الاقوامی کھیلہِ مقابلَس منز حصہٕ نیومُت۔ نہٕ زانہہ سٹیڈیم کیاہ گوو۔ یونیورسٹی مقابلہٕ کیاہ گوو۔ مگر یہٕ کرِت تہٕ چھُ احمد رَیشَس گِندنُک شوق۔ تمۍ سِندِین رَگن رَگن منز چھُ اکِس کھلاڑِیُک سُند خوٗن دورہ کران۔ تِمَس ییٚلہِ موقہٕ ییہ تہٕ چھُ باجیٚن سٕتۍ مراوان۔ تِمَن سٕتۍ گِندان۔ اگر پھٕٹ بَرِت بال آسہِ تِتھ گِندان۔ اگر لٕٹ بال آسہٕ تَتہٕ سٕتۍ شوق کران۔ اگر نہٕ بال تہٕ آسہٕ تیٚلہِ پینڈو پَنہِ نیٚن کھورَن اَندی اَندی ژٕناوان۔ اگر نہٕ کہینۍ آسہٕ تیٚلہِ دُجوہ بالہِ سٕتۍ دورہ دور کران۔ تہٕ چھُ کوچہٕ گلیٚن منز گِندان۔ ترٛہ ویٚمَن۔ آنگنَن تہٕ مٲدانَن منز دوہ دِوکران میٚہ چھُ پانہٕ احمد رَیشَس سٕتۍ گِندمُت۔ اَز چھہٕ میانۍ دٲنٛس ۲۶، ۲۷ وری۔ یہٕ چھُس بہٕ تِمَن دوہَن ہُنٛز ذکر کران ییٚلہِ بہٕ مدرسہ پران اوسُس۔ شراہ وَرِی گیہِ تنہٕ۔ اکھ انقلاب آو تنہٕ زندگی منز۔ زندگی ہٕنزٕ قدرٕ بدلیہٕ۔ لُکن ہِنٛد ہوا تہٕ بدلیوو۔ یِم شُری اُسۍ تِم گیہِ بَڈۍ۔ یِم جوان اَسۍ تِم گیہِ بُڈٕ

بہ اوسُس ژمَنۍ دوہ ہٕنٛ شُر از چھُس شُرۍ وول ۔ یمہٕ ژمَنۍ دوہ ہٕنٛ
میٚنۍ سیٚتھۍ پران یا گِندان اٲسۍ تِم چھِ از میانۍ یا ٹھی اٚڈۍ نوکری
کران اٚڈۍ کاروبارس منٛز لگۍ مِتۍ ۔ ۱۴ سٚدہ ہٕنٛ وٕرۍ یٚن ہٕنٛزِ زندگی ہِندکۍ
نیٚچھرِ رتی اٚڈۍ لار دٲیرِتھ اٚڈۍ دار ۔ لوٚکچارٕچ سہ بٲیی
برادری چھےٚ ختم گمٕژ ۔ تیٚلہٕ اوس دوہ دِین کوچن تہٕ بازرن منٛز سوران
آنگنن تہٕ مٲدانن منٛز گُذران ۔ صُبحس اُس مدرسہ نیران ۔ اڈہ دوہ ہہ
پیٚتۍ اُسہ اکہ رٲتہٕ بیٚنہ رٲتہٕ کلاسو منٛزہ ژلان ۔ زندگی منٛز گوتاہ
خلوص اوس تیٚلہٕ ۔ دِہِن گرن ہِندۍ داہ شُرۍ اٲسۍ آسان ۔ پانٛژ وٲنۍ
اٲسان تہٕ گِندان ۔ (کانٛہہ فرق اُس نہٕ پانٛژ وٲنۍ ۔ نہ اوس کانٛہہ
گونٛژ نہ کانٛہہ زیٹھ ۔ یتھ احمد ریشی اوس رٲتھ اوسُس یوہ تہٕ یتھ
علی، نبیرٕ ۱۲ حبیبہ تہٕ بشیرہ اوس رٲتھ اوسُس بِنتہٕ ۔ سارۍ
اُسو ہوری ۔ مگر ۱۴ سٚدہ ہٕنٛ وٕرۍ ہٕنٛزِ زندگی منٛز آیہ یہ برادری چھکہ
راوِنہٕ )

میانہٕ زندگی تہٕ چھُ زبردس دلہٕ گتِھ کھیمُت، بہ چھُس نہٕ
کوچن تہٕ آنگنن منٛز گِندن وول کانٛہہ دربدری شُر ۔ بلکہ از چھُ شُرۍ
میٚنۍ وٕچِھت دوہَن دیوارن پیٚتہٕ کنہٕ ژُورِ روزان ۔ اگر کانٛہہ شیطان

شُر رانڈاہ گی کرِ ، بہ چھُس تمِس سعہ کنہِ پکُن گران زِہ ماجہ ہُند دوہ چھُس یاد پیوان۔ زندگی ہینِد یہِ وَگنِتی چھۓ عجیب نہ چھۓ گوُنژ گوُنژ روزان نہ زیٖمھ زیٖمھ۔ مگر احمد ریٖشی نہ چھہ زیٖمھ نہ گوُنژ۔ احمد ریٖشی چھہ از تہِ سُوی احمد ریٖشر ، یُس از شراہ وری برونہہ اوس یٖیلہِ اُسی لوہ کچارس گندان اُسی احمد ریٖشی اوس تمن دوہن تہِ اُسہ سارِنی منز واٗنہ کِنز زیٖمھ ۔ سہ زاہنے بالہ ہند ژھل سیٖتھاہ تمِس اٗسی کھوٚر دُو طرفہ ووہتھان۔ "ہیٚڈ مارنس" منز ۔ یا جیٖتن پاس دِنس منز ۔ کِلچہِ رُکاونس منز تہِ دَۄ دور تمکنس منز اوس احمد ریٖشی سیٖتھاہ وجود مانیہ یوان۔

احمد ریٖشیُن باقٕنہِ زندگی ہینِد یہِ حال پیٚو میٚہ اَمہِ کنہِ وُنی زِہ از شراہِہ ۱۶ واری وُچھ میٚہ سہ ینس مکانس اُندی اُندی سِہے ژوٗرہ نظرہ ہشہِ دِوان۔ بہ اوسُس داِرہ بیٖٹھ بہتھ ، احمد ریٖشی وُچھم یِمے ژھایہ کِنز ہوی کران۔ یہِ رُود وارہس کالس یپتھے کِنز اورہ یور پھیران میٚہ گوہ وشک۔ شاید یہِ ماجہ کِنہِ پچھرس زاگان ۔ مگر ژوٗد زانِنہِ یہِ ، لوہ کچارس منز اوس نہ یہِ ژوٗر گران۔ مگر تیٚلہِ کیا زِہ چھہ یہِ ییتھ کِنز ژوٗرہ نظرہ ہشہ دِوان۔ اُمس کیاہ کاٗم یتھ نس

احمد ریشن پنن پان ہاوِتھ کینہ کوڈ میہ کلہ دارِتھ کینہ۔ تمس پیٹھ میہ
کن نظر۔ مگر کلہ بٔدن کن ژھینت رود سہ دیوارس ژھایہ۔ بہ
گوس وارہ شکس۔ میہ دوپ کیاہ تام چھ دلیل۔

بہ کچھارس منز تہ اوس احمد ریشی گندنہ خاطرہ میہ گوہ نادس
پوان۔ سہ اوس دورہ پیٹھ شیرینہ وابان۔ میہ اوس نظان فکرہ احمد
ریشر آو۔ بہ اوسس دارہ کینہ یا دوہ پیٹھ ووٹ دِتھ۔ احمد ریشس
سیتی فٹ بال گندنہ نیران۔

میہ پیٹھ یاد ازیچ ہرد کی دوہ آسی۔ کالج گراونڈس منز اوس
پولیسس تہ فرنڈس میچ گندن۔ امہ دوہ اوس فائنل۔ لوکن اوس
کالہ پیٹھے میچ وچھنچ فکر۔ میہ اوس گھرہ کین پیتھ لوگمت زہ از
چھہ کالجس منز کیاہ تام کھیل۔ تموٚ اوس میہ منع تھوومت کرتھ
زہ پیٹھ از کن نیبر نیر کھہ۔ مگر میہ اوس احمد ریشس ووٚنمت
زہ ترینیہ بجہ نیرہ بہ گھرہ۔ احمد ریشی آو پورہ ترینیہ بجہ۔ دوری وائین
زالیوٚ سیتی سیٹی۔ بہ دراس ژورہ ژورہ گھرہ۔ کالج گراونڈس
منز اوس لوکہ ارسات ژیت آمت۔ بڈین آسی لوکھ کھتی رتی متی۔
دوہس تہ دیوارن پیٹھ آسی لوکن ہند دیوارہ لگی متی۔ آسی آسی لوہ کیٹھ

امہ کنی آیہ نہٕ اَسہِ کُنہِ جایہِ بیٚہنَس اَکھ دٔلھ ۔ ژٕ پٲرک بھیری مٲدانَس مگر کُنہِ جایہِ میچ نہٕ جاے ۔ احمد رٲیشی تہٕ گوو مأیُوس تہٕ بتہٕ ۔ میچ شروع گژھنَس آسہ وۄں کینہہ منٹ ۔ ریفرین تُجی سیٖٹی وٲی لُکو ووی ژرہِ ٹوٚپ ۔ أتھۍ کِنہِ گوشس منز کٔر احمد رٲیشی میٚہ نٔرہِ ٹھپ تہٕ ژُونتَس بہ زنگوٚ تٔلۍ اندر ، وارہٕ وارہٕ وانتووتَس بہ بروہ ہنہ کُن ۔ پانہٕ تہٕ رٹُن جاے ۔ اگر زُنہ تٔجیوو بٔنی کنہِ احمد رٲیشی تہٕ ژٔرون نیٚبر دأرِت ۔ مگر احمد رٲیشی کوٚرمُس زارہٕ پارہ ۔ دوٚیمِس بلاتہ گٔگہ یہ تہٕ وُچھہا میچ ۔ أتھۍ منز گوو میچ شروع ۔ گِندن باجیہِ ہیٚوت مٲدانس نال وٕلُن ۔ فرنٹس تہٕ پولیس ۔ دوشون درین آسہٕ زٕہ وردی دوٚ نوے ڈٔری آسی مضبط ۔ مگر لُکن ہنز تراے اُس فرنٹس کُن ۔ سٲری لُکھ آسی وَنان پولیس گژھہ ہارُن ۔ شاید امہِ کنی زٕہ تِمن دوشون آسی لُکھ پُولیسَس نفرت کران ۔ تیلہِ کانہہ بوج ژھل کرِتھ بال بروٚنٹھہ پکنا وہے ۔ شور اوس وۄتھان ۔

شاباش بٹھو ۔ شاباش ہینز و ۔ یم آسی لُکو پنٕنین محبوب گِندن والین ناو نٔغاو متہٕ ۔ اگر گِندنس منز پولیس تراے مضبوط سوزِ ہے ۔ لُوک آسی ہے بُونگ ہیوٚ روزِت گژھان ۔ فرنٹس اوس لُکن

ہیٚوندٕ ٹیٖم ۔ توٚکھ اٲسۍ اَتھ وِزِہ وٲنٛجہ پسند کران ، فرنڈشِک زیٚنُن اوس
توٚکن ہیٚنٛدِ زیٚنُن تہٕ تہنٛد ہارُن اوس توٚکن ہیٚنٛد ہارُن ۔ مگر احمد ریٚشُن
نظریہ اوس مختلف ۔ سُہ اوس مٲدانس منٛز تِمَن کھلاڑٮ۪ن زٕرہ پٮ۪ٹھ
کران ۔ شاباش کران یُس جان اوس گِنٛدان ۔ بامہ سُہ پولیٖسٕک
بوج آسہے یا فرنڈشِک ۔ اکہِ لٹہِ لٔج پولیٖس کِس سنٹر ہافس اَتھہ
بال ۔ تِمہٕ دیُت دُچھنِس طرفہٕ بیٚیِس باجِس پاس ۔ تِمہٕ پلنوو بیٚیِس سنٹر
ہافس کُن ۔ یہ واتھ ڈٮ۪ف گولس نزدیک ۔ سنٹر ہافن لٲیہ دُہ دٕرِہ
گولس کُن ٹِک ۔ گول کیپرَن زٕن گوو اَچھن انٛہٕ گوٚٹ ۔ بال لٔج جالہِ
سیٖتی ۔ ریفریَن وٲیہ زیٚٹھ وِسِل ۔ پولیٖسن اوس فرنڈسس
گول کھیوٚمُت ۔ توٚکہٕ ارسٲتِس پھیر لیٖڈرہ ژھٹ ۔ مگر اَکھ احمد
ریٚشی اوس پولیٖسس شاباش کران تہٕ زوٚرہٕ زوٚرہ زٕرہ پٮ۪ٹھ کران
توٚکھ اٲسۍ اَمِس خشمہ سان وُچھان ۔ مگر احمد ریٚشی اوس مٲدانس
کُن مزٕہ گنٛدِتھ وُچھان ۔ سُہ اوس بہت مگو بال نِشانس سیٖتی
اوس تِمس کلہِ تہٕ نِشان ۔ اگر کانٛہہ بوج زوٚرہ ٹِک کرہاہے ۔ تِمس
اَس ہنگتہ منگ کھوٚرس حرکت گژھان ۔ اگر تہٕ کانٛہہ باجِس
تنگہ ہیٚہ بال رٹنہٕ یا برونٛہہ پکناوُن سُہ اوس اوٚنٛگج دندس تل

ڈباوان۔ اَمہ وِزِ اوس شہ وُنان کاش بہ آسہا اُمی سِنزِ جایہ ادِ ہاوِہا ہس کُک کِتھ کنی گرِزھ لاینہ ژھل کِتھ کنی گرِزھ کرون احمد رٔیشنہ یِم حرکژ وُچھت اُسی لُکھ اَسان۔ یِمہ ساعتہ شہ پولیسکس کاغزٔس باجس تاریف اوس کران۔ لُکھ اُسی تِمس اینکہ ژاران۔ احمد رٔیشی اوس حٲران زِ لُکھ کونہ چھِ پولیسس تاریف کران۔ تِم کونہ تِھندس گندنس داد دِوان، شہ اوس دِبان داد گرِزھ گندنس دِین۔ داد گرِزھنہ ژلنس یا باجین دِین۔ مگر لُکھ اُسی نہ تِمی سٕنز یہ کتھ مانان۔

یہ چھُ بہ کچاہک شہ واقعہ یُس مینہ ازتہ کالک بجتہ ہیوٗ یاد چھُ۔ مگر از تور نہ مینہ فکری زِ محمد کہ رٔیشی کیاہ چھُ مینِس گھرس نیبرہ کنہ کران۔ اُمس کیاہ کاٗم چھ۔ بہ کمُس چھُ پراران اگر مینہ نِش کاٗم آسہ ہس تیلہ ییہ ہے یہ سیدوی مینہ نِشہ۔ اُمی سنز یِمہ حرکژ مرِہ کھرِہ کرنہ خاطرِہ کوٗر مینہ پنِنس لُکٹس بھاٗیس یُوسفس آلو۔ مگر یُوسفن دِیت نہ ادِہ جواب۔ مینہ کوٗر بینہ آلوٗ بہ گوس حٲران زِ یہ اَسے وُنی بہ نہ گُنڈس منز یران اوس بیتیسی کالُس کوت گمو بہ غائب۔ مینہ کوٗر بینہ آلو۔ مگر تیلہ نہ

اورٕ کانٛہہ جواب آو۔ بہٕ وۄتھس بۄن۔ اَتہٕ اوس کمرٕ خٲلی
کتابہٕ، آنسہٕ وہراوِتھ۔ اَکِس کاپی پیٚٹھ اُس مِلہِ دوات بیمرٕ میل
اُس اَتھہٕ پیٚٹھ وُنہٕ ژٲنی۔ خشمہ سان کھوٚتُس بہٕ بٮ۪یہِ ہیٚور۔
میٚیہ دِژ دارِ کُن نظر۔ احمد ریٚشی اوس کٲژب گومُت۔ مگر دورٕ
وُچھ میٚیہ کم تانی زٕ ژٕ زٕنی دوان سرٹکہِ کُن پکان۔ میٚیہ
دِژ دارٕ نظر۔ یہِ اوس احمد ریٚشی تہٕ یوٗسفہٕ۔ یہِ وُچھِت
گوس بہٕ سخ حٲران۔ احمد ریٚشِس تہٕ یوٗسفس کیاہ کٲم
میٚیہ دِژ زورہ کریٚکھ "یوٗسفا" یوٗسف فیوٗر پۄت۔ مگر میٚیہ کُن
نظر پیٚیت ییٚو تمِس ہنگتہٕ منگہٕ فُٹ بال اَتھہٕ منز۔ یہِ اوس
محمد ریٚشِس سٍتۍ ژورہِ ژورِ گِندنہٕ دراموٗت۔ تتھی کنٛزِ ییٚتھ
کُنہِ بو از شراہ وری برونٛہہ نیران اوسُس۔ محمد ریٚشی چھُ
از تہٕ سوٗی محمد ریٚشی یُس از شراہ وری برونٛہہ اوس۔ شراہ
وری برونٛہہ اوس سُہ میٚیہ سٍتۍ گِندان از چھُ سُہ میٚنِس لۄکٹِس
بٲیِس سٍتۍ گِندان یُس دہ وری میٚیہ کوٚنٛز چھُ۔

# خبر کیازہ

دۄہ[۱] آسہٕ بجے دِژہٕ۔ اکھتابن اوس بۄسہ وٕنگ کوہ سیٹھاہ پۄکھ ترووِمُت، تہٕ وۄنۍ اوس تہٕ سلیمانس پیٹھ نپہٕ نپہٕ کرہٕ وُن بۄتھہِ ہیت سارِسی شہرس پیٹھ اسان۔ ڈلس منز آسہٕ ہاگنز دینہٕ پینہٕ ناوہٕ گھاٹس پیٹھ لاجمژہٕ۔ نشاطہ پیٹھ وژھمژہٕ دۄدو واجنہٕ آسہٕ بازری بازری کوچہ کوچہ پھیران تہٕ "دۄد ماہیو" "دۄد ماہیو" کریکہٕ دِوان۔ زوونہٕ تہٕ اُس وۄنۍ وۄنۍ آنگنس منز وژھمژ۔ تمہ اُسی اَبرس پتھِس کینژہ دھان ترک پرٕنشہ دالۍ مژ۔ سہ اُس گہ ڈیکہٕ لو ہنان۔ شۄتہٕ چھے! شۄشہٕ پیچھے! شۄتہٕ پیچھے .......۔ اَز اُس سہ بزرہٕ پترٕ برتژہ تھک کرمان، سہ اُس تہٕ اَزو تیز تیز دۄہ گ ہیکان تِلتھ۔ تمِس آسہٕ پینہٕ زہٕ زنگہ پھچہ مژہ ہشہٕ باسان، کلس اوسُس یِیہ ہیے بار ہیو۔ دۄہ گ تکنہٕ ورزہ اوسُس سورُوی آنگن زژان

ییوان بوزنہٕ۔ دیان اُس اَز مُنہانہٕ کینہہ دھانہٕ۔ بلکہٕ زنگہٕ وُہرت دیمرٕ ہا وگہِ ورِس پیٹھ پان دارِتھ تہٕ زیٹھ بنِندراہ کرہ ہا۔ مگر امہ رَوِس کیاہ چارہ اوسُس، ژور پانژ ترک دھانہٕ اُسی تمِس پرتھ دوہہ مُنِنہٕ، ژھٹنہٕ تہٕ شیٹھرنہٕ۔ یہ اُس اکھ سہ کام ییمہ رٕ نہ سہ پگاہ پیٹھ ترٛاوِت ہیکہ ہے۔ دھانہٕ مُنُن اُس تمی سندِ خاطرٕ کانٛہہ بُرا کتھ۔ ژور پانژ ترک چھینہٕ کتھی۔ اگر سہ یُژھہے دھان خار ہیکہ ہے اکہِ وقتہ مُنِتھ۔ مگر اَز اُسنہٕ تمِس خبر کیازِ نہٕ دوہ ہتان۔ سہ اُس زیٹھ ترٛیٹہ ترٛیٹہ دوگ تُلان تہٕ تھک کران۔ مَنزِ اوسُس کلس چکر یوان۔ امہ وزہ اُس سہ دُچھنہٕ زنگ کنزِ چہ دُندرہ پیٹھ کھاران تہٕ دیکھ گُہلس سیتی ڈکھ راوان۔ ذرا دم سنبھالِتھ اُس بییہ مُہل تُلان۔

چھوٗ تہ چھے!.... چھوٗ تہ چھے!.... چھوٗ تہ چھے!...

تمِس اوس پنُن پان ازیوٗت گوو بیوٗمُت باسان زِ سہ اُس نہ پننہ جایہ اکھ قدم تہٕ اورہ یور ژالِت ہیکان تہٕ یِہے وجہ اوس زِ کنہ کرِ تہٕ نکٕ نکٕ یوٗتی اُسی کنزَس پیٹھ کھسان تہٕ دھان پھُلِ کھیت نِت بییہ بیون گُن وُچھِ دوان۔ سہ اُس نہٕ اَز تمَن رٹِھ ہیکنہٕ دِنان۔ سہ اُس اَز تمن دِلہ مَنزِی "شناسی گیہ" دوہ۔ لرٕ ہچ لگجۂ دِنان مگر اکتہٕ سیتی اکھ نہٕ

اوره یور چھنگ ہیکاں دِتھ۔ تمس آسہٕ پننہٕ نرہ زنگہ ترٛٹھے گومٕتۍ دٕرہ باسان ییٚتھ شہ۔ ہیچہٕ مہل اوس تِمہ سینٛز سۍ دوگ تُلان اُس۔

چھونہٕ چھے ! چھونہٕ چھے ! چھونہٕ چھے !

سۍ اُس نہٕ از دوگ تہٕ ہیکان وارہٕ تُلتھ۔ از ڈوٗل تمس کیرٛتہ لٹہ اورہٕ یور مہل تہٕ دھانہٕ آو کٔنزہ منزہٕ ہیٚور کھسِت۔ تمس اوسنہٕ خیالی زہ کنزس اندی ییٚتھ کوتاہ دھانہٕ چھہٕ چھکرادنہٕ آمُت۔ دوہہ اگر دھان پھوٗل اوس تمس اورہٕ یور پھیران سۍ اُس اکہ اکہ سۍ تُلان تہٕ کنزس منز تراوان۔ مگر از اُس نہٕ سۍ اندی ییٚتھ چھیہٕ کرومُت دھانہٕ جمع کران تہٕ کمہ کرن چھنگ دوان۔ از اوس تمس تہٕ گرٛٹھان یہ نہٕ تمس زانہہ تہٕ اوس گرٛٹھان۔ خبر کیا زہ؟ یہ اوس نہٕ تمس پانس تہٕ فکرہ تران۔ تمس اوس دوہنی اکھ گھنٹہ کنزس نش دودنہٕ گومت۔ مگر وونہٕ اُس نہٕ تمہ اکھ لو تہٕ سۍ کلاوٗمُت۔ تمس برداہہ کنہٕ اُس دھان پھیہٕ تر تال دِتھ بُرتھ ییٚتھ کنہٕ وچھت تمس کھوٗرُن اوس پیوان۔ سۍ اُس دیان ساری کاہ، زرٛہ، ہارہ تہٕ بُلبُل

گژھی ییٚہ تہٕ اکھ دھان پھوٚترٕ متھن، یُتھ سٕ شلہ گرٕ موکلِت گژھن۔

تِمس اوس اَز برٛنزٕ پیٚتہٕ برٛنزٕ مالِیُن یاد پیوان۔ مالِنٛج سٕہ ناکہٕ داٚر اُس تِمس اَچھن برٛونٛہہ کنہٕ نژان یَتھ منٛز سٕہ باپہٕ رٕژا اَنگن مرژٕ داگن تہٕ باقی چیز دٕوان اُسی۔ اَز اوس نہٕ تِمس مالِ تہٕ گُنہٕ چیز بس۔ دٕہہ اُس سٕہ کنزِس سیتی دٕو دِنہٕ رٛوزِت پھلہٕ پھلہٕ پاو ڈٕوڈ پاو توٗل کھیوان مگر اَز اُسی تِمے توٗلہٕ پھلی تِمس کنہٕ پھلی ہوکہ بوزنہٕ پیوان۔ دٕری بنخ تہٕ کریٹھ۔ تِمس اُس پرٕیتھ گُنہٕ چیزس کُن یِتھے دٕہ ہش گژھ۔ نہٕ اوسُس ہتس مالِ تہٕ نہٕ دوٚدس چایہٕ۔ مگر تِمی شند دِل اوس فقط اکھ چیز مَنگان دٕہ زٕل دٕہ زٕل تہٕ ژوٚک ژوٚک رٛوانگن۔ سٕہ اُس دِلس منٛز تمنا کران زِ داے ییٚم ناموے تہٕ دیہہس دارِ منٛز زٕ۱ ژور۲ ویٚٹھی ویٚٹھی رٛوانگن ژٕٹِت اِنی۔ تِمس اُس ژوٚکرٕچ مَنگ تژھی یژھ نزیش ہارِس تریشہٕ ہنٛز چھہٕ آسان۔ اَز اُسی تِمس نٔوی نٔوی تہٕ عجیب خیالات دِلس منٛز وُزان۔ ییمن چیزن کُن تِمس دٕی اُس تِم اَسِس خوش کران۔ یِم چیز تِمس خوش اَسی کران تِم

اَمِس اَز کھران ۔ خاندرٕ پتہٕ اَسنہٕ سعہ مالِنیک ناو نہٕ یژھان ہیٚیون ۔ تِمِس اَمِس پَننِس رٕٹِنِس سٕیتی تیٚژ ماے تہٕ محبت زِ سعہ اَس نہٕ اَکِس ہیٚنتِس تہٕ تِمی ہِنٛدیو نظرو دوٗر یژھان بوزُن مگر اَز اوس تِمِس مالِیُن تہٕ باد پیٚوان ۔ دَپان اَمِس موج گٔژھم برونٛہہ کُنہ آسِنہٕ ۔ دَپہَس میٚہ کیاہ چھُہ پُنہٕ گژھان ۔ لوکٹ ہِشی بٔبنہٕ گژھم نزدیک آسنہٕ ۔ تِمِس وَنہا کَرِس کرٕ ہیٚیم رٕدرٕ لنہٕ موٚنٛڈ ۔ سعہ اَمِس ییٚی خیال کران زِ بُتھ کِنہٕ آیس بٔڑ ہشی درٕ کاکُنہٕ ۔

”کیاہ گوس ژٕ پٔھکھے وُنہٕ گمہٕ ڈٕنٛجی لِہ منان“؟

اَہنی، اِدہ کیاہ ۔ میٚنٛے چھُنہٕ اَز زُو ٹھیک ۔ ژٕونن ووپٔنس تھکاہ کدٕ ٹھہٕ نہٕ زِیوٗ ہٹہٕ ووشاہ نٔراوِتھ ۔

”ژٕ یہٕ کُہے چھُی ۔۔“ جانہٕ وٕژھس برونٛہہ کُن پِیتھ ۔

”ہیٚنزنے یِمے ملواس ہِہی چھم گژھان۔“

”کَرَے پیٚٹھ ژٕ ہے چھک بتھہٕ تہٕ یُہے ڈٕنٛجی ہش“ ۔ جانہٕ وٕژھس ڈُکل اَتھہٕ منزٕ نِتھ۔

”صُبحہٕ پیٚٹھ ہے ۔ اُچھن ہے چھم یِہے اَنہٕ گٹہٕ ہش گژھان

زمین پٮ۪ٹھ پوان یوٚہے نشان بوزنہٕ!"

"وٕلے غارَس آسہٕ، تُلی مَہل - یہِ ڈٲن ہے آسی ادرٕ پکان -" زُون اوٚن بیاکھ ہل تہٕ ہیتھک دٔہ شوٚہی زینیو دٔہ گ ژھٹنہٕ -

"زورٕ زورٕ تُلی -" جانہٕ ورژھس

زٔہ نے چھنہٕ دٔہ نقصان - بیٚیہِ ہے چَھم تہٕ ہل گوب نیہ دی پٮ۪ٹھن -

دٔہ شوٚہی بدلاوی مہلِ - جانَن کھارِ نُرِ ہیوٚرکُن - تہٕ کھوٚرس اَتھس پیٹھ ورژن نقوک داگ تہٕ دٔہ نٮ۪ی اَتھن مُژھن تہٕ زورٕ ترووُن دٔہ گ - کنٚرس گوٚو سارِسی الہ ڈلہ "شابش لگس یارِ" ونان ونان اُنی تمی زُونہِ بیہِ لَیہ ہش تمہٕ تہٕ ہیوٚت پچھ مُژ زیٚیہ ہل تُلن -

چھوٚتہٕ چھے! چھوٚتہٕ چھے! چھوٚتہٕ چھے! چھوٚتہٕ چھے!

شابش! زورٕ زورٕ ...... کھوش مہ خدا کرہِ سہلی زُون تہٕ ہیوٚت زورٕ زورٕ ہل تُلن ... کنٚرس ہیٚژن دٔہ نی زورٕ زورٕ دُبہ رائے گژھنی - کوٚہ کرِ ہیوٚت پتھ پتھ ژلُن -

کوٚم گرد ہیٚرٕ ژن تھوٚد تھوٚد کھسن۔

چھوٗتہٕ پچھے! چھوٗتہٕ پچھے! چھوٗتہٕ پچھے!

اکھ زیٹھ تہٕ نہ ژھیٚنہٕ وٕنۍ آواز ہیٚرٕ ژن زورہٕ زورٕ یادہٕ سپدٕنۍ۔ "شابس۔ شابس، لگس پأرۍ لگس پأرۍ

ژوٗنس دراو زٕیٚن یوٚہے واش ہیٚیہ۔ کوٚٹھو آیس مُژراونہٕ زَن جانَن تمِس کانٛہہ دوا پوٗرۍ دِژ۔ بِہِ سیٹھا تمِس سوروٗی دود وود ژوٚل۔ "شابس، شابس" جانہٕ وٕژھس بیٚیہِ۔

کٔنۍ زِ س ہیٚرٕ ژن بیٚیہِ ڈُبہٕ راے گرٕ ژھن۔

"جانانہ خوش روز۔" جانَن ہیوٗت باگھ تمِس

"سبحان اللہ ـــ" زوٗنَن دِیُتُس جواب

دوہشوے آیہ جوشس منٛز۔

"جانانہ چھوٗتہٕ پچھے۔ سُبحانہٕ چھوٗتہٕ پچھے۔ چھوٗت پچھے۔ چھوٗت پچھے۔ جانانہٕ چھوٗتہٕ پچھے۔ سُبحانہٕ چھوٗتہٕ پچھے۔" اکھ مصرع اَمِس جانانہٕ وَنان تہٕ بیاکھ زوٗنہٕ منٛز باگ اوٚسُک کنٛز تمبک نار دایان۔

بأنٛد ونان ونان گوٚ ژونٛہٕ نتہ تمن فکرہِ گوٚڈ پنچ، دوٚیم تہٕ تریم لو

کپاڑِی موکلے یہ۔ دۄہ نِ اُسکھ صرف اکھ لو باقی۔ دۄہ شوہِ زنیو ترو‌ۄ اکھ زِیُوٹھ دۄہ شاہ تہٕ مُہلِی گنزس سینٕی ڈُکھ راوت۔ پیچھ پیٚنتھ۔ دۄہ شوے آسہٕ پھرِیکان تہٕ دۄہ شلے مرٕتھ۔ سورِی یان اُدکھ اُرقہٕ سیٚنتی بھرِت۔ گنزس اندی اندی اوس پرٕیتھ طرفہٕ اکھ گرونڈُل ہِش کوٚم گرد سیمے مرٕتھ۔

"ژبیٚہ ہےٚ چھُی اُچھن تہٕ دۄہ زجار ہیٚو۔" جانہٕ وُزِتھس

"اَہنی اُچھی نہٕ ہےٚ چھُم گوٚہ بے مرٕتہٕ ہِش"

"مٲل چھُیے کُنہٕ؟"

"حرام اَسے کُنہٕ اَسے"

"بھتس کُن؟"

"نادے نیٚتھ کُن تِتہٕ"

"پیتھ کیتھ کُنہِ چھُی مٲل۔"

"کُنِہ کُن نے۔ ژن ہےٚ چھیٚ بہ چھیہ گاٮ۪ب گمرٕتھ"

"توٚ تہٕ ژھۄکرِس پیہ کرِس کُن۔"

ژھۄکرُک ناد بُوزِتھ ہیٚبتھ زُونن وُٹھن زٕبیہٕ پھیرہ نادہٕ دِنہٕ "اَہنی دَپان چھُس رُوانگن جوراہ گژھم ژِیُوٹھ گرِت کھیٚم ناٮ۪ے۔"

جانن زیُون ہتھس تور فِکرِ اُمس کیاہ چھِ گومُت۔

"بہ ما دِنے نزیہ کیا چھی گژھان"

"تیلے دِن"

"زِہ زنگہ پچھَنے بُچھ مژہ ہش"

"ادِیی"

"دِیان چھُک نادُاف ترادِہ ہا گنہِ جایہ"

"ادِیی"

"ییٚڈ چھی نہ لگان ہیُو"

"ادِیی"

"بیٚنیہ تہ دِنے گوڈہ دِنُم یمہ کنِتھ چھا ٹھیک کِنہ نہ؟"

"اَہنی یم کنِتھ دِنے میہ یورے۔

"دِیان چھُک نہ دوہن پونشُن گژھہ ہا مالیُن تہ آراما کرہ ہا۔

یہ بُوزِت پیٚیہ زُدِنہ اسمانہ۔ سہ گیہ حارَان۔ اُمس کیاڑی تور

یہ فِکرہ۔

"کینہہ چھُک نہ دِیان مالیُن گژھہ ہا دوہن پونشُن؟"

"اَہنا، مگر ژیہ کنِتھ کنہ تورُی یہ فِکرہ؟"

" بیٹھے کنُہ ہے چانہِ بُتھِ تلہ "

" نای میون مرُن چھُی ونی سبّود سیود "

جانَس آو ہنگتہ منگہ اَمُن ۔ تمہِ ژھنی دندس تل زیوتہ وونس

" ژبہ چھُیٔ نہ اکھ چیز گوٗمُت "

" کیاہ چھُم گوٗمُت ۔" سعہ وژھس حاران گژھت

" تی ہے یہِ ژیہِ پننہ چھُی "

" میہ کیا چھُ پننہ ۔ کیاہ چھُم گوٗمُت ۔ دود چھُم تہٕ بتیہ کیاہ

چھُم ۔

" نِنی گوہ ونہ ننی " جانَن دِژہس پننہٕ کنہ ژینہٕ دٔنہ ۔ مگر

نمُس تورٕ نہ کینہہ فکرہ ۔

" بوہ ماوَنے بنیہ کیاہ چھُی ژیہِ گژھان "

" تکے وَن ؟ "

" ژبہ چھُی نہ آولُن ہِمیوٗ پیوان " بتیہ چھے نہ یُہے وُلتی ہِش

پھیران ۔"

" نہ تہٕ چھُم نہ گژھان " یہِ اُس گوڈہ نچ کتھ یتھ زون انکار کورس

" ادہ بی تو تہٕ وَنے بیاکھ کتھ "

"وَنی"

"ژٲیہ ما گۆژھی بێمہٕ رێتہٕ؟..."

"کێنٛہہ؟"

"رتھ اَکھ یہٕ یِتھٕ رێتہٕ چھُے گژھان۔ زنانہٕ حساب ے"

یہٕ ووٚزٕت لیچ زٕوِنہٕ ہنگتہٕ منگہٕ کیاہ نام سوچنہٕ۔ یَتھ کُن
نہٕ تٔمِس پانَس چِھس اَدٕ تَتھ کُن پۆوُس جانَن چِھس۔

"اَدٕ بێمہٕ رێتہٕ گوٚونہٕ میہٕ کێنٛہہ۔ تس لیچ پانَس سیٹھاہ وَننہٕ۔"

"کێنٛہہ وَننَے نہٕ پیٚوز۔" جانہٕ وَژھس بێیہٕ

"اَدٕ تمہٕ سیٹھاہ کیاہ اگر نہٕ یِتہٕ گژھہ؟"

"تمہٕ سیٹھاہ گژھان تی یہٕ ژٕ یِہٕ پانَس پیتہٕ چھُے؟"

"کێنٛہہ میہٕ نَے چھُنہٕ تران فکری"

جانَن زٕون شایِد یہٕ چھِہٕ گٔلِس ڈاوٕل لاگان۔ مگر دراصل
اوس نہٕ تٔمِس کێنٛہہ پتہٕ آمہٕ سیٹھاہ کیاہ چھُہ گژھان سو وُژھہ پنٕنہ
رکنہٕ سیتہٕ رَس منز جانَس کۆن۔

"کێنٛہہ وَنی میون مرُن چھُے۔ تمہٕ سیٹھاہ کێنٛہہ چھُہ گژھان۔"

"نَتہٕ بے پانَے۔ گژھ ونی زہٕ ژور رێتہٕ۔"

"اِہنہ تاوَن زٕڈنی میٚہ چھُنہٕ نہٕ"۔ زُونہٕ وُزٕھس کَٹلہٕ بون کُن ژھٕنت ، مندٕ ریچھ مندٕ رچھ۔

"چاًنی دری ہٕنی ژٕیہ چھِیٚ تٕنی گومُت"!

کٔنزٕ تٕلہٕ موکلِتھ کھٕژ زُونہٕ پننس کٕنٛڈس منٛز تہٕ اندرٕ رٔنی ہانکل دِتھ لیچھ سوچنہٕ۔ تٔمِس اُس جانٛہہ اکھا اکھ کتھ یاد پیوان۔ تہٕ سُہ اُس یُہے غور ٹٕن ہش گژھان۔ میٚہ کِتھہٕ کٕنی گژھہ بوزاے وُنہٕ لُہ کٕٹ چھُس۔ تٔمِس پیٚو یاد زہٕ یُس خاندرٕ برونٛہہ کِتھہٕ کٕنی اُس سُہ تٔبلِس، حنیفس، حاجَس تہٕ فاطی سیتہٕ گندان۔ تہٕ دور گٔنڈِت کِتھہٕ کُنی عمہ اُس سُہ روٗہ کران۔ اکھ جبرٕس اوس صرف اَکُی دری گومُت۔ تٔمِس اوس باسان زٕ سُہ راتی راتی عمس یور آمُت۔ وُنہٕ اُس تٔمی سندین ٹٕمن پیٚٹھ کُنہ کُنہ جاییہ تٔمہ مانٛز ہیوٚہ دوجرائی تہٕ یہ سٕہ تٔمی خاندرٕکہ دوہہ لاجمُت اُس۔ بیٚھرٕن جورٕ تہٕ اوٗسس شُمی یُس تٔمہ پھیرٕ پینہٕ دوہہ لوگمُت اوس تٔمہ درٕ ہیٚرٕ بیٚٹھ بُون تانی ہانس نظر۔ مگر تٔمِس آینہٕ پانس منٛز کانٛہہ تبدیلی بوزنہٕ۔ تٔمے اَتھہٕ۔ تٔمے نہٕ زنٛگہٕ۔ تٔمہ نیوٗ جُتھس کُن اَتھہٕ تہٕ ہیوٚتُن دارٕ دارٕ پھشِ دِیُن۔ مگر تورٕتہٕ آونہٕ تٔمِس کانٛہہ خاص

چیز لبن - یمہ سیٹی تمس پانس منز کاٹھہ ژوکھتھ بوزنہ ییہ ہے تمس
ہینیہ پھیرونکس نالس ہینیٹھ نظر یتھ اندی اندی تلہ لاگتھ اوس
تمہ ووچھ کُنہ کُنہ جاییہ اَتھ تلس پن دراموت - تمہ ہیوت اتھ
تلس وارہ وارہ اَتھہ ڈالُن - مگر سیٹی کُر تمہ یہے دوکھ ہش
تمس آو سینس ہینیٹھ یتہ ہے تھزر ہیوٗ بوزنہ - اما یہ کیاہ سنا
یہ کیتھ کنی - پرس اوس نہ تمس پرت تھرید - تمس ہیوو یاد ییلہ
تمہ کھاندر کرِ دوہہ یتہ ہے پھیرن لاجیوو - یہ گیو تمس یوہے
نوٗر ہیوٗ الوند - تمہ دوہہ اوس تمس پنن پان پھیرنس منز سیٹھاہ
لوکُٹ تہ زاوُل باسیوموت - مگر از آو تمس بدلی چیزاہ بوزنہ -
پھیرن لوکُٹ تہ پنُن پان بوڈ - تمہ ہیوت نوت نوت سینس
ژیل دیُن - یہ ہیوتُن تمس خوش کرُن - اما یہ کیاز سعہ ہیوتُن
تنگس ہش گژھنی - اد میز چھُہ بزی یاگھی کیاہ تام گومُت -
تمہ دژ وارہ سینس کُن نظر - تمس آو بوزنہ زن کیاہ تام چیز
اوس تمس سینس منز پھیران — مگر امہ سیٹی کیاہ یہ چھُہ
سارِنی خاندر کرتھ گژھان - راجس تہ چھُہ گومُت - تیمونس تہ
چھُہ یی گومُت - یہ چھُہ گژھانی - مگر سیٹی ہینیہ تمس جانن کیتھ

بێیہ یاد۔

"چاگٕی دٕرپی ژٕرێہ چھیٚ تِی گومُت"۔ جانن کِتھہٕ کُنہٕ ؤنی یہِ کتھ۔ اَز تام نیٚ زانٛہہ ہۄ تمہٕ مێہ امہِ قسمچ کانٛہہ کتھ وُنی۔ اَز کیازِ وُنن۔ تِمَس کیاہ آو مێہ منٛز بوزنہٕ۔ سہ لٔج بێیہ پانَس ہیٚبرِ ہیٚتھ بہٕ نٕ ماتی وُچھنہِ۔ تِمُس آو بوزنہٕ زَن سینَس منٛز اُسہ تِمُس یِمے ہرِشنہٕ تِرِس ہو لگان ـــ مگر جانہٕ چھَ منٛزی منٛز ہِی ٹھٕ تہِ کران۔ اَز تہٕ اُسنَم ٹھٕٹھٕ گومُت۔ ننہٕ مێہ کیاہ چھُ گومُت۔ بہٕ اَسے وُنہٕ لہٕ کِٹ چھُس۔ مێہ کِتھہِ کُنہٕ ہیکہ گزٕھت۔ سہ چھَ بُکی دَنان ـــ مگر مێہ کیازِ نِہ زنگہِ پیچھِ مژٕ ہش۔ کٔلس کیازہ چھِمُ دود۔ مێہ کیازِ رگیوٗرِ یوان ـــ یِم چیزٕ نیٚ مێہ زانٛہہ گزھان اَمُو۔ اَما یہِ کیازِ ـــ مێہ کونہٕ ہیکتھ ـــ بہٕ اَسے ہیٚبرِ بوہن دَوِ دٕو اُمیس کران ـــ اَز کیاہ مێہ گومُت ـــ مێہ کیازِ اُچھن اَنہٕ گوٗٹ۔ مێہ کیازِ یوان کُھٹھ زَشان بوزنہٕ ـــ سہ وُژھ تھوٚد تہٕ ہیوٚتُن ژوٚت لبہِ سیٹھہٕ اَنتھہٕ دِتھ قدم ژھُلَن۔ تِمُس پیٚیہ ہنگتہٕ ہنگہِ شیشَس کُن نظر ییٚس لبہِ اَلونہ اوس۔ تمہٕ وُچھ پُٹھِس بیہ ہے گرتہینر ہیٚکہِ پھیوٚرمُت۔ وُٹھہ ہو کھمتی۔ اُچھن لیگ ہاش

ٹُھجھِ - سہ گیہ بتیہ شکس - نہ جانَن ووَن پوٚزُی - تمہ کوٚر نہ
میہ ٹھِھٹھ - نتہٕ پٔژھ کِنھ کِنہِ کُنہِ ہیکہ ہے سہ ڈٔنتھ - یمہ
برونٹھہ کورُن ووٚنم - یوٚتانی ہنٕ تمُس میہ منز کنٹھہ بوزنہٕ آو تمہ کِنھ
کنہِ ہیوک نہ ؤنتھ - مگر دود تہٕ ڈگ چھہ انسانس آسانی -
دوہ نی چھا ضروری یمہِ کُنی آسہ میہ - اکھ ہوا آسیم لوگمُت - یا چھنا
بنان ناف آسیم ڈُچھرِ - مگر ناف کمہ سیتی ڈلیم - ناف چھہ ڈلان
کُنہِ تھرٕ جایہ دوہ کھٹ دِنہ سیتی - یا دب لگنہٕ سیتی یا ژلتھ گژھنہ
سیتی - مگر میہ کر یوگ دب - میہ کر تُجی دوہ کھٹ - اوترٕ
گیس بہ ہیرِ ڈٲلہ - یہ آسہ میہ تمی سیتی گومُت - مگر یمہ
ژینتہٕ کورنہٕ گوو میہ نہٕ - میہ اوس (٤) شتمہ تاریخہ گژھان - اژ
اَسے (٢٧) شتوٚہمیم تاریخ چھہ - یوٚت ژیبر کیاژہ گوو - میہ نے
یہ زانہنہٕ اوس گژھان - مگر ایمہ سیتی کیاہ - خاندرہ برونٹھہ
رُتنے اوس نہ میہ گژھان - یمہ ژینتہٕ نہٕ گوم نہٕ - میہ چھہ نافی
ڈُچھرِ - بتیہ چھُنہٕ میہ کینہہ - بہ چھس بُلی دلس منز وسواس
رٹان - مگر جانس ہے کِنھ کُنہِ توٚر یہ فکرہ - تمہ کِنھ کُنہِ دوان میہ
تمُس ہنو یاد: -

"وُچھی ہنٛدوسُنٛز ژٕ چھکھ نَے دُبان دوہَس پوٚنشن گژھہا
مالِین نِش زیُٛوٹھ آرام کرہا"۔

تِمَس کیاہ کَشِف اوسُس۔ بوتانی نِش تِمہ میانِہ منز کینٛہہ وُچھ
تِمہ کینٛہہ دوٚپن۔ دور دِگ چھُ پیوان بُتھ بیٚٹھ تہٕ بوزنہٕ۔ مگر یِمہ
کینٛہہ کینٛہہ کُنہ ترٕ تمِس فِکرٕ۔ تِمہ کینٛہہ کُنہ زون میانِہ چھینٛہ یِمہ ریٚتھ
گومُت۔ تمِس کینٛہہ کُنہ توٚر ہِکرٕ زِ بہ چھُس یِژھان مالِین گژھن
دراصل چھُ میانہ کیاہ تام گومُت۔ آخر میانِہ کیازِ زِ ژنگہٕ پہچہ مژٕ
میانِہ کوٚنہٕ کُنہ مائل۔ میانِہ کیازِ مالِین یاد پیوان۔ میانِہ کیازِ
اُچھن اَنہٕ گٹہٕ۔ میانِہ چھُ کیاہ تام گومُت۔ مگر یوت جلدی کینٛہہ
کُنہ گژھہ میانِہ۔ بجائے وُنہٕ لوکٹ چھُس۔ بہٕ سپدی کوٚرہم خاندر
وُنہٕ کوتاہ کال گوو۔

سہ اوس یِمنی دوتلِ بچینن منز۔ اکہ بالہٕ پیوان تہٕ بیٚیہ
بالہٕ گژھان۔ گرا دوتلان تہٕ گرا بوڈان۔ گرا دَپان میانِہ چھینٛہ
کینٛہہ گومُت۔ گرا دَپان او میانِہ چھُ کیاہ تام گومُت۔ یِمنی
فِکرن تہٕ غمن منز آو تمِس یوہے چکر ہیوٚ۔ تمِس آو کٔھٹہ تیز تیز
نژان بوزنہٕ۔ تمِس گییہ ہنگہ تہٕ منگہٕ میٚہے دِنَن ہش تہٕ تاس گرٔتھ

آیہ پتھر لاینہٕ ۔ ہیٚرہٕ بوان پھیرِس اَرگہٕ زٕھٹ ۔ تمہ کرٕ زورٕ ڈیکس ٹھپ ۔ ہیُونتاہ گژھت آیہ سہ بێیہ ہوشس منز تہٕ ڈژن اَندرٕ پیٚتھ نظر ۔ مگر یِژ منز ہیُوتنس بێیہ کیاہ تانٕ چیز نژان ہیُوٗ بوزنہٕ یُن ۔ "یِمہٕ وارہٕ وارہٕ ہیٚرکن کھسان اوس دٕ ــــ" او میٚہ چھہ آوٗلن نہٕ یوان ـ" یی سوچان گژھرو تمہ اُس نہٕ آنہ گنٹس منز اکس یوہ ہے آب ہیُوٗ یمہ سیتی تمس سورُی پھیرِن بَرنہٕ آو ــــ " او جانَہ دوٗن نہ اَپُرٕ کینہہ " ــــ تمس ہیُوٗ وہٕ ووتھنی یقین ۔ سہ لجِ ہیٚرہٕ بیتھ بوان تانٕ پانس دٕچھنہٕ ۔ تمس آو پھیرنس منز پنُن پان بدلی بوزنہٕ ۔ سیٚنس لوگن اَتھ ۔ تمس نور فکرہٕ زن اتھ منز ووہد ہیُوٗ گریکان اوس ۔ مگر اچانک کرٕ تمہ ووٹھ ۔

'برس دٕ چھُن نیٚبرٕ کن کُس تانٕ دکہ دِوان '

یہ گژھراو یِہ ۔ تہٕ کیاہ ہانکل دِتھ کران اَندرٕ ۔ یہ اوس تمس رُون ۔ زوٗتی دِتس نہٕ کینہہ جواب ۔ سہ اُس دیان ووٹھا کینہہ نہ ۔ ووٹھا کینہہ نہٕ ۔ تمس اُس خبر کیازِ یُتھے شرم ہش یوان ۔

---

# عجیب ملکٕ تہٕ نوش لب

معمہ :- رٹن

خورشا :- ژوٹن

معمہ :- آیس بلای نژان پچھس

خورشہ :- اعنہ پھک ناژہ - کانگر لایس گلس"

یہ بوزتھ ژمبیو معمہ تہٕ اسان اسان وونس۔

"نامیہ گلس لابنہٕ سیتۍ کیاہ ییی فایدہ - سیتو دوی دِم نارہ جوشاہ کرہ - میہ چھُن تیزہ زۄ ہیوتمت"۔

"حرام براے دمے - میہ چھےٚ پانہٕ رمن رمن تیز ژامژ" خورشہ دژھس۔

"ہتے ژیہ اے گھنٹہ دوتھی تیٹ - بہ چھس دیان ژیہ کوتاہ

چھی یہ نار ڈوٹھ ۔ صُبحہ پیٹھہ شام تام گژھی یہ سینس سیتۍ لاگتھ آسنہٕ ۔"

"وُچھ کیاہ چھُک وَنان ۔ وُنہٕ گامت نہٕ پانژ منٹ تہٕ
تیٚژمتس ، گژھہٕ ژیٚتھ کیاہ چھُ ۔ نہٕ چھہٕ زیٚوان نہٕ نہٕ کران ۔"
یہ وَنِتھ کوٚڈ تمۍ بٔنیبہ منٛز کانگر تہٕ کھوورِس اَتھس پیٹھ
اینکھ ژوک رٔٹتھ کرٕنس بٔنیہ اَتھہٕ دِتھن ۔ امہٕ سیتۍ گیہ کانگرِ
منٛزہٕ سُربہٕ گرد تھوٚد وُتھت ۔ اَتھہٕ سیتۍ آسہٕ کینہہ تیٚمبرہٕ
تہٕ یِم نژان کھورِشہٕ اُچھن منٛز گیہ اَژِت ۔ مگر تمۍ دِژ
یکدم اُچھن مُورن ۔

"پھٕچو ۔ پھٕچو ۔ پھٕچو ۔ پھٕچو" تمہٕ ہیٚنٛز وونۍ
کانگر پھیکنہٕ ۔ بونٛزِس منٛز دوہ زٕلاوی تمہٕ تیٚو نگل ۔ تہٕ اَتھہٕ سیتۍ
دوہ زٕ لیوو تمِس پیٚٹھ بُتھہٕ تہٕ ۔

یہ جوشہٕ وٕنۍ گرم کانگر وُچھتھ زَن آو موہمس یوسے
آب ہیو ۔ تِتھے کنۍ پیٚتھ گُنہ زَن مبہ چھہٕ ہُتِس انسانس ۔ بجتہٕ
وُچھت یوان چھُ ۔ تمۍ ہیٚنٛزود اَتھہٕ پلناوُن تہٕ یہ کانگر
خورِشہٕ اَتھہٕ منٛزہٕ نیٚنہٕ ۔ مگر تمہٕ برہ نہی اُس تمہٕ سعہ بٔنیبس منٛز

بعدٕ مٔژ تہٕ تِمہٕ کٔر میٖنس سیٖتی رٔٹِتھ زَن سہٕ کانگر اَتھ منٛز اَبکہِ کانٛہہ زانِہ شرأوی تِمس وٕچھیس سیٖتی لَگِتھ دوٚد چھُوان۔

" تِلے دِہ اکھ جوٗشاہ۔ میٖنہ ہے ہینوٚتن تیٖرہ زۆو۔" مومہ دوٚنتھ بنیہ۔

" حرام چھُلے دِمے "

" شرارت مہٕ کر بہٕ سٔنمے زورہٕ "

" زہٕ گوٗژھک بوٗد تھہٕ پکُن۔ اَدہٕ ہاوٚے "

" اَدہٕ چھا تِی۔" یہٕ ووٚنان پلنوٚد تمۍ خورشہ ہندِس بٔنیس منٛز اَتھ تہٕ ہیٚتِن کانگر رَنز۔ مگر خورشہٕ کرٕ اَتھ لٕچھن دوٚن زورہٕ ٹھَپ۔

" دِی سیٚدی نتہٕ کیا بی پھُٹی کانگرِ۔" مومن دوٚنس نرمی سان۔

" پھُٹِنز مگر۔ بہٕ تراوے نہٕ ہرگز تہٕ "

دونٛی کھوٚت مومس زیادٕ شرارت۔ سُہ ووٚتھ تہٕ کٔرن خورشہ زورہٕ نرٛین ٹھَپ۔ تمہ ہیٚتِن دوٚ زور کرُن۔ مگر مومنٕ تیٚن سٔتۍ تہٕ گوو بٔن نرٛین برونٛہہ کنہ چلیوس نہٕ کیٛنہہ۔ تمہ تراوی دونی

اَتھ زٕ بیٚیلہٕ تہٕ موٚہمہٕ ژۄلُس کانگر ہیٚتھ۔ خورشہ باسیوو زِ موٗمیٚن
تمِس دۄچھ بیٚیٹھ دوہ دیٚنیوٗن شُرتھیٚپہٕ اوس رنیمُت۔ دوہ نی اوس موٚہمہٕ
کۄنِس منٛز نہٕ مرہ ژۄکھ بہت۔ کانگر اُمِس بیٚیس منٛز۔

کانگرٕ بیٚیٹھ اُمِس یمن دوہن باٚرژن دوہے لڑائی دوہ تھان۔ کانہہ
دوہہ اوسہٕ بیٚیلہٕ تہٕ یم اَکھ اَکِس سیٚتھ ژۄوان اُسی۔ مگر لڑایہ ہند سبب
اُمِس اکثر کانگر آسان۔ صبحنس نیٚندرِ دوہ تھٕنہٕ وزِہ تہٕ شامنس شوگنٕ
وزہٕ اُسی یم اَکھ اَکِس کلہٕ دکان۔ موہمہ خورشہٕ ہندین موٚہدن میٚنز
بڑان تہٕ خورش موہمہٕ نین۔

موہمہ تہٕ خورش اُسی گھرس منٛز زٕ باٚژ۔ دوہ نوے اُسی
جوان۔ مگر جوان اُستھ اُمِس یہنز حالت بُڑن ہندہ خوتہٕ بدترٕ
دوہ نوے اُسی تیرہ کِتھ سیٹھاہ لیڈی۔ یمن بھنتہٕ آسیہے یانہٕ آسیہے
مگر کانگرٕ گوڑٕ ٹھکھ نار آسُن ضرور۔ یم اُسی کالہٕ پگاہ نوٗ ژۄ کانگرٕ
انان، مگر کالہٕ پگہی اُمِس سوہ پھٹت گژھان یا لڑایہ سیٚتی نتہٕ
پھوکوٗرمیٚن تیتہٕ نکلن ہندہ جوشہ سیتی۔ از اوس پچلے کلابُک دوٚیم
ہفتہ۔ یمن دوہن ہفتن منز آسہٕ موٚمیٚن زٕ کانگرٕ باززٕ ہُلی
انیمژٕ۔ گُنہٕ ساتہٕ نے دوہن منز اَکِس کانگرٕ نار اوس آسان تیلہٕ اُسی

یِم دوٚشوٕے نارِ دار کانگرِ ملہٕ لٕم کران تہٕ یِہِے ملہٕ لٕم کران آسہٕ
اوٚترے اکِس کانگرِ لَنجہٕ دڑامژہ تہٕ کھنڈل آمِژ پھٹتھ تہٕ وونیٚ
اَمِس پٮ۪ٹھ کانگر نارِ لنجہٕ نِش رٹتھ کٔنۍ ڈولان تہٕ دِیان پتھ کٔنۍ پچھس
برونہہ کنہٕ سٕرکہٕ پٮ۪ٹھ گوٚ دوورِ ڈولان تہٕ آسان۔ وونیٚ اَمِس
ییٚمِن دوشوٕن باژن اکی کانگر۔ بُکہِ پیتس کالس موہرہ بازرِ نوٚو
کانگر انہے تینس کالس اوس ییٚمِن اکو سی پٮ۪ٹھ گزارہٕ کرُن مگر
بیٚیلہِ خوٚرش اَمِس کانگر بیٚنس برانہ۔ تیٚلہِ اوس پٮ۪ٹھ مُشکل رژہ موہرہ
کیاہ کرِہے نارِ جوش۔ پتھے کنہٕ اگر پٮ۪ٹھ کانگر لجے پٮ۪ٹھ موہرٕنین زنگن
منز، زن اَمِس سہ تیٚلہِ تمُس زنگنی منز بند گژھان۔ تہٕ پٮ۪ٹھ اَمِس
تیٚلی تمُس زنگوٕ منزِ نیران، بیٚیلہِ اکہ منز اکھ نیوٕ نگل شور کر
اوس گژھان یا بیٚیلہِ خوٚرش موہُس لگہٕ لاٗی لاٗی اَمِس کانگرِ پتہٕ
بروٚنکُس کران۔

موہرہ اوس مُولی ہاٗنز کوٚٹ۔ مگر وونیٚ اوس پٮ۪ٹھ بُٹھ
رودان۔ اَمی اَمِس بُٹھچی زنانہٕ کرِمژ۔ رٕنز کالہِ اوس پٮ۪ٹھ گاٗنسہٕ
ہاوس بوٹ ہاٗنزس نِش مشالچی کاٗم کران تہٕ وندس کنہٕ سرکہٕ ترُو
ڈٮ۪تس بیٚنٹھ رہت کرِ مُٹھ یا گاٗری گوچھ کنان۔ وندس اگر بہٕ بُٹھچ

تہ زنیچ مینگہ دگ آسیبے تیلہ اوس یہ وندہ معمیہ خاطرہ ریتہ کالہ خوتہ بہتر۔ ریتہ کالہ اوس تمس بیئین ہنر نوکری پیوان کرتی تہ دیان نوکری گیئہ چاکری تہ امی آسہ تمس پیوان ہاوس یوٹ ہامنزان ہنرہ لنگیہ تہ نخوکہ برداشت کرنہ۔ شہ یہ کینڑہ زنیان اوس تہ اوس گھرہ کھوتہ زیادہ تجربہ وانکہ بزیگ گزشہاں موہس امیرنہ نوک معمیہ ونان بلکہ تجربہ گنڈر ونان۔ یکیازہ شہ اوس مشبہنس نمس گنٹی تجربس پتیوان۔ تہ اکھ چینہ کس نشس منز فرشس بیٹھ بہت گرشچہ خبرہ ونان۔

"نوش لب کتہ چھہ۔" شہ اوس نشس منز یتھ خورش نوش لب ونان۔ تہ اکھ سیتی عجب ملکہنس اندازس منز کانہہ باتھ تلان۔ مگر امہ بائچ وہ کھنے اوس یہ ژاسہ سیتی کران۔ تہ ہیتس کالس نہ خورش امس کلس زہ ژور لورہ پریتھ والہ ہے تیتس کالس اس نہ امس ژاس ہمان۔

موہس متعلق اوس ونیہ یوان زہ شہ اوس اکس تارہ ہانز منڈ نیچو۔ دیان یہ تارہ ہانز گرہ بلہ اوس اکس گھاٹس پیٹھ پنہنز لوکٹ موکٹ شکارہ لاگتھ تھاوان۔ تہ اگر کانہہ شوق دول

نوکرچ یا وزیٖر کوتر خان اوس پٔرھان گژھن یہ اوس تمِس تار دِوان
تہٕ بیٛتھ کنِہ پٔنٕن گُزارہٕ کران۔ ڈیکھان اکہٕ دۄہہ کوٗرُن رات کیٛتھ اُمس
زنانہٕ آزار۔ مگر اَمہِ وِزہٕ اوس ڈٔل واوہٕ طوفانہٕ سیٛتی ہُوہُو کران۔
آبس اُسی تھوٚد تھوٚد ملکھ گژھان وُلٔتھ۔ مگر ہیٛارکہ اُسی تمِس
زنانہٕ تہٕ شِکمس ملکھ دٔرٕ تھٲوان۔ سُہ اُس عذابہٕ سیٛتی زورہٕ زورہٕ
کریٖکہٕ دِوان۔ اَندٕ یٔمہِ روزن والیو ہٕنزو آسہٕ دُورہٕ دُورہٕ
بٔھٹین سیٛتی پننہٕ ناوہٕ گنجہٕ مَژٕہ۔ اَکھ مٔنز اوس سُہ خدایہٕ
سُند ناو ہیٛتھ پننہٕ شِکارس ہیٛتھ دَرامُت۔ وارِینہِ اُس
بٔٹھ روزان تمی اوس وارمُت زہٕ کیاہ تہٕ سپدِ کرتن سُہ
ترَہٕ اپور تہٕ اکھ زُہٕ روپیہ دِتھ اَنہٕ وارنہٕ۔ مگر شاید اوس
سُہ سۄمبرنہٕ چھیپہٕ لوگمُت۔ ڈیکھان ہیٛارک اوس متوٚمہِ پننہٕ
ماجہِ تھیٛنہٕ پیٛومُت تہٕ پیٛارکہ اوس تمی سُند مول ناو ہیٛتھ ڈٲپھ
بُزی گومُت۔ موٚمِس اُس لہٕ کچارِسی مٔنز موٚرج تہٕ مُہر۔ سُہ
اوس بٔٹھکی اکی شُدرن منگتہٕ نیومُت۔ مگر لہٕ کچارہٕ پانہٕ بیٛٹھتھ
اوس سُہ چرسس کُن لوگمُت تِکیاز یِمہِ شخصن سُہ منگتہٕ اوس
نیومُت سُہ اوس پانہٕ تہٕ چرسی سُہ اوس موٚمرسی اُتھہٕ جھجرہٕ آب

پھرناوان تہٕ مہ مہسی اکھ بازرٕ پچرس اُستادان تہٕ پیتھ کنہٕ اوس

مہ مہ مولی اکھ چرسی۔

آخ تھو۔ تکیہس منز بیہتھ اوس سہ زرٕ پچس شُم اکھ

اکھ تھوک سڑکہ لایان۔ گھرٕ تہٕ اوس سہ منز کہ منز کہ داماچیوان

تہٕ اگر کنہ ساتہٕ خہٕ رش تمس اکھ جنس بیٹھ اعتراض اُس کران۔

سہ اوس تمس منیژ تانی بزان۔ دیان خہ رش تہٕ اُس اکس چرسی

سنز کور۔ مہ مس اُس تمہٕ سندس ماُلس سیٹھاہ خدمت کرمژٕ

سہ اوس تمس جچیرٕ آب بران۔ چرسہٕ داتز مورت دِوان۔ تہٕ

چلم گرماوت تھاوان۔ تہٕ یتھوی مہ مہ زہ ژور دم دِتھ مرس

منز پوان اوس۔ "پادشاہو" کرت اوس جچیر پننس آغس کن

پلناوان تہٕ دیان اُکھ منز اوس یہ آغز اکہ دہ ہہ مہ مس دیٔ

گومت تہٕ اوسنس وونمت۔

"مہ مہ"

"کیاہ پادشاہو"

"بہ چھس سیٹھاہ خوش ژیہ کُرتھ میہ خدمت ووہ نی دٔن ژیہ

کیاہ گژھی انعام دیُن۔"

"بادشاہ سُند گرٕژھ دائے خارٕ آسُن"۔ مےٚ ہیٚتہٕ اوسُس وۄنہ تھٲمُت
"دائے خارٕ یوت نہٕ ژٕ بنیوکھ اُزکہٕ پیٹھٕ اسہِ ہِنٛز اولاد"۔

اَمہِ وِزِ اوس مےٚ مَرُن مَنزٕ، تہٕ تَمِس اوس نہٕ پَننِس اَکھ شُند
پیٛد دِنُن کیٛنہہ تہٕ فکرٕ تۄر مُت مگر دوٚہٕ یہ ہفتہٕ پیٛتہٕ یُتھوی مےٚ مہرازٕ
بنِتھ گرُس کھوٚت، اَتی تۄر تَمِس فکرٕ زٕ آغُن گیاہ ونیوو تَمِس۔
خوٚرِش اُس مےٚ مُس اکہِ قسمُک انعام۔ یُس تَمِس پننِ اَغُن
وِیتُت اوس۔ مےٚ اوس تَمِس پننِ کنہِ سیٛٹھاہ قدر کران۔ شہ
اوس تَمِس پٔزی پاٹھۍ نوش لَبہٕ ہنزٕ نظرٕ وُچھان۔ مگر یہ کرِت تہٕ اوس
نہٕ یمَن پانہٕ وٲنۍ ہوا صاف۔ رٔنیتہٕ کالہِ اُس خوٚرِش مےٚ مس اَمہِ کنہِ
مٲلی سنز میٛژ بُزان زٕ شہ چھہٕ رٲتس رٲتس گھرٕ نیبر روزان۔ مگر
وَندس نیٛلہِ شہ دوٚہہ دوٚہَس گھرٕ اوس آسان یمَن اُس سینس
زٔنِس خاص کر نارٕ جوشش پیٹھ سخ وُشان۔ سورُی محلہ اوس
تِمَن دوٚن باگژن ہندی نوزٕ نوزٕ دِوان۔ شہ کُس دوہ اوس
تیلہِ نہٕ یمَن دوٚن باگژن پانہٕ وٲنۍ کلہِ اَسی چھٹان۔ کانٛہہ اوس
نہٕ رٔوِرٕٹ کرُن تہٕ تِمَن بہران۔ اَمہِ کنہِ تہٕ اوس نہٕ کانٛہہ ہمسایہ
پہِندین نیایَن منز دَخل دِوان۔ یکیا زٕ یم اَسی اَتھی نار

آسان تہٕ اُتی ہتی لوٗر۔ اگر موتہٕ کُنہٕ ساتہٕ بازرٕ ژردن یاد اَڈ یاو اَنان اوس، زَن اوس خورشہٕ سورُی تموٗ سُند ملالہٕ ژلان۔ ییتہٕ کُنہٕ ڈلِچ آبہٕ لہرٕ، اکھ اکس سیتۍ ٹکرٕ بیٚیہ اکھ اکس منٛز جذب چھُ سپدان، ییتھے کُنہٕ اُمی یِم بارٕزٕ پانہٕ دۍ گٕی ٹھولہٕ ٹھولہٕ کرِتھ بیٚیہ گٔیی آسان۔

"خورشی، وَنی از کینہہ رٕنہٕ سیٚین۔"

"اَن موٚٹ موٚٹ ماز پاوہ، گوگجہ تراودس سیتۍ"

موتہٕ اوس آسان اَمی سٕنزہٕ یہ خواہش پوٗرٕ کران تہٕ ییتِس کالس خورش ماز بٔجتہٕ رٕنتھ مہ کھیے، تیتِس کالس اوس موتہٕ تکیہ بیٚٹھ دام چیتہٕ امُت آسان۔ مگر ییتھی خورشِ تمس برونٛہہ کُنہٕ بٔجتہٕ ٹھوٗر اَس تھاوان۔ موتہٕ اوس آخر تھوٗ کرِتھ بٔجتہٕ بانہٕ لیبہ دِوان کبرِتھ۔

موردارٕ۔ مرژٕ وانگن زہر چھُن سِنس ژھنمُت۔ تہٕ اَمہ پتہٕ مٔتہٕ بوٗزی تو کینہہ زٕ موتہٕ کوتاہ دولان تہٕ شوٗران اوس اَز اَس یمن بٔتیہ کانگرہ بیٚٹھ وٗژ یمژ۔ موتمن اَس یہ جستہٕ خاز کرِتھ خورشہٕ ہندہٕ بیٚیہ منٛز کرٕ ژرشہٕ تہٕ ووٗنی اوس

شہ مزمت منز بہت اُتھ اُندری اُندری اَتھ سیتھ پھیر کران:
مگر خدرش اَمس تِہنز بیچ و تابس منز - تمس اَمس زِمن زِمن عر
ژامژ - سہ اَمس وِپان ژھیتِن تل کھیٚم ہن ہیہ - مگر بیچاری اَمِتھ
تہ اوس اَکھر میٚہ مرد - تہ اگر سہ دہدی مِنہ مِنس زُورہ زبردستی
کانگر رہنیخ کوشش کرِ ہے - نتیجہ نیرِ ہے تِہنز خراب - یاتہ چلاہے
مِنہ تس کانگرِ نتہ یاتس - یہ خیال کُرت ژاپ تمی ہیٚنز ژکھ اندری
تہ لبجہ منِس نرمی سان وَنہتہ -

" میانی ذرہ پھیہ ، دہ دی نے اکھ جرشاہ دِکھ "

" اچھا شہر بیترِ میٚہ نڈہ " منہ دو تکس -

خدرش وُنہ تہ شہرن پانس تہ بیترِ میٚہ نڈہ تہ منس
تہ - پیٚڈ ہند نار شیتہلو دہ نوی - مگر امہ نارہ کھوتہ
ضروری اوس کانگرِ ہند نار - چنانچہ دہ شوٚیے ژایہ وُرنس منز
منہ منز رُٹ کانگر کھورن تل تہ لیف ہنیشرن کلہ بیٚٹھ - خدرشہ
تہ دہراوِی بارہ وارہ پہنی کھور -

آہ ، کیاہ زبر دُشنیر اوس - اَمہ کانگرِ دُشنیرن
دیت یمن تمس کورِ ہندی پاکھ پھاہ - یوسہ ہٹالہِ ہٹس

پیٚنٛڈ بہت چھ آسان ۔ وۄنۍ آسہٕ موٚمَن تہٕ زیٚنگہٕ وہراوٕمژٕ تہٕ
کانگر اٚسِن اندرِ اندری سیٖنَس تام واتناوٕمژٕ ۔

"وۄں کر اَنکھ بِیاکھ کانگر ۔"

خورٕشِس وۄنٛتھ بڑٕ محبتہٕ سان موتیٖس کُن ۔

"صُبحَس اگر نہٕ وٚرداِنہٕ ہیٚش کانگر بہٕ ژکرٕتھ اَنَن ، تیٚلہٕ
وَنِم تہٕ ۔"

"اوہو ، اَز عاشقی ژُ ییٖہٕ وَنہٕ وۄں وَنان ۔ از انہٕ تہٕ بیٚگاہ
اَنہٕ ۔ مگر اَنان چھُک نہٕ زانہہ تہٕ ۔"

"نا ے جانٛنی دٔرۍ اگر نہٕ صُبحَے اَنہٕ تیٚلہٕ یہٕ خوش کری
تہٕ وَنتہٕ"

اَمہٕ پتہٕ میٹھے ییٚم دوٚنوَے بانٛژ کیتھَن مَنٛز ۔ وۄنۍ
آسہٕ خورشہٕ ہینٛزہٕ نرٕ موٚمنس سیٖنس پیٚنٛڈ تہٕ موٚمنہٕ خورشہ
ہنٛدِس ۔

"باخدا ژٕ کاژاہ ٹاٹھ چھُک میہٕ"

"تیٚلہٕ کیازہٕ چھُہم چوب دِوان"

"آسان کُنہٕ ساتہٕ شرارت ۔ نتہٕ چھُسہٕ بہٕ ژٕ ییٖہٕ نَستہٕ

پیٹھ چھُو زٕروان۔ یہ وَنان آو موٚمہٕ ذرا بروٚنہہٕ کُن۔ کانگرٕ
ہچِنہٕ زنگن منز ترٕ خوٚرشہِ دِیتُن زورٕ سیٖنس سیٖتھ چیرٕ
ترٕ خوٚرشہِ ہیٚتُن موٚمہس نَزٕ زورٕ ژٕمٕٹھ۔ مگر شرارتہٕ سان تہٕ
کینٛہہ محبتہٕ سان۔

"وَنِ بی، بوٚہ کُس چھُس۔ موٚمن کوٗر خوٚرشہِ سوال۔

"کُس چھُکھ، مرُچہ بیگ"

نای – میانٛی دریہ شٕنی – مندچھِ یہٕ – میانٛی دریا یچھےٚ وَنی

"موٚمہ" خوٚرشہِ دوٚن محبتہٕ سان۔

نامے وَنی "عجیبٕ ملک" موٚمہٕ دوٚ بُھس جیٚبہٕ۔

"عجیبٕ ملک" خوٚرشہِ ژٕوٚل ییرٕ تھ۔

"نوش لب" موٚمن کوٚر خوٚرشہِ خطاب۔ یٕہ اُتھو یسیتی ژوٚل
دوٚنوٕنی ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اَسُن ییرٕ تھ۔

صُبحنس پِھتھوٗی گاش پھوٚل۔ موٚمہٕ دراو بیٚیوٚدی بازر
تُلہٕ کنترٕ سیتی اَمِس سڑک شُستر ہش گرش۔ پشِن آسہ شِشرگانٛٹہٕ
الاگنزٕ۔ تِم اکھ ییمن رموٚہ یسندی دوٗر الاگنہ تأدی سیتی
تمس اَمِس از دموٚہہ کھوتہٕ ژٕرکہ پوٚشہٕ چندس۔ غلام کرالس

نِش بیوٗٹھ تہٕ اَکہِ اَکہِ کانٛگرٕ وُچھنہِ ۔ واہ ! کیاہ زَبَر کانٛگرٕ آسہٕ یمہٕ ۔ اَکھ اُکس کھوٚتہٕ رنٛگہٕ برنٛگی ۔ مہرٕ ہٕ ہنٛدی پاٹھۍ پیٚمرِتھ تہٕ شیرِتھ ۔ ژارِ چھیٚن کانٛگرِ ین آسہٕ رۄتہٕ تہٕ بنٛگرہ لاگِت ۔ اَکھ کانٛگر اوٚس زاوی جیٚو کانٛیہٕ کیاہ زَبَر دُوٚپتھ ۔

" جِگرٕ ، ہُتہ کانٛگرِ کیاہ قیمت ۔ ہُتہ یوسہٕ تصویرس نِش ٹھنٛگِت چھےٚ ۔"

" سوٗاوٚر ربٕ پے " دُکاندار دوٚپھس ۔

" سوٗ خَبر "

" سوٗ خَبر سواوٚر ربہٕ پے "

سوٗ مُن کُرا چنٛدٕ منٛزٕ سواوٚر ربہٕ پے تہٕ کانٛگر اُنٛھس منٛز رٕٹِتھ گۄڈٕ سیٚٹھاہ خوش ۔ یہٕ اوٚس ژھرِی نارٕ رۆستُوٗی مگر زَن اُمس اُمی ژھرِی کانٛگرِ سیٚتھ دُشیر ہیٚوتُن گٔژھُن تمۍ دوٚپ یہِ کانٛگر وُچھتھی کاژاہ خوش گژھ خوش ۔ ژٕھہ پۆک دَوان دَوان گھرٕ کُن مگر قادِر بجس نِش واتِت پیٚو تمس خیال (۱) ذٕہ کانٛگرٕ تہٕ اُنی مُلہٕ ۔ ماز باوٕ تہٕ کُونا ژانُو گھرٕ ۔ تمۍ کٔڈۍ آنہٕ داہ چنٛدٕ منٛزٕ ۔ قادِر بجۍ دِژ تمس یِنہٕ آیہٕ ماز باوا شُہرت ۔ اَکس

اَتھس کانگر تہٕ ہیٚیس اَتھس مازپاو ہیٚتھ اوس سُہ لوٚت لوٚت قدم ترادان۔ یکیارٕ تلہٕ اوس ژٕلہٕ کنٛز۔ مرٛکہٕ زٔن اوس میٚنز لبجرٕ۔

"پادشاہہ! یہ کانگر کیٚتھ ہیٚرٛژوٗ" بیاکھ شوٗدوٗ یٚیس وٕنہٕ یکان اوس دوٚلتھ موتٔس کُن۔

"دُمہٕ دِلہٕ رو پیہٕ"

موٚمن دِنس آنہٕ ژوٚمبرٕ ژٕری تہٕ اَتھ سیٚتی ہیٚتھ تمۍ تیز قدم تُلۍ۔

سُہ ژاو لوٚت لوٚت گرہٕ۔ خوٗرشی اَس تمِس انتظارس، ژارہٕ کانگرہ تہٕ مازپاوہٕ چھِت گیٚیہ سہ خوش۔ تَرتھ خوش زہٕ تمہٕ روٚٹ موتہٕ نالہٕ مَتہٕ۔

"وٕنہٕ بی۔ وُدہٕ نہٕ ماکور اَسہٕ پنُن وعدٕ اپزٕ۔" موتہٕ دوٚلتھ خوٗرشہ کُن۔

یہ بوٗزتھ ژھُن خوٗرشہ کلہٕ بوٚن کُن۔ مگر موٚمن تیٚجی تمِس ہونگنہٕ تھوٚد تہٕ نظرٕ سیٚتی نظرٕ ملاوت وٕنن تس۔

"نوٗش لَب"

"عجب ملک" خوٗرشہ ژوٚل بے اختیار نیٚرتھ۔ تہٕ اَتھو

سیتی ہیٚتر تمہٕ موٚتس زورٕ ژٕمُت۔ موٚتَن دیُت پننہِ کنہِ ژہ درٛیہ
مگر سیتی ژُج تمِس زورٕ کرنیکھ پیٚر ہتھ۔

"موٚدُ سداہا"

خوریش گیہِ مژٕ نیندرِ ہشیار۔ ساٹھریٛ گنٛٹس اوسمس
دیوٕ وٕلنہِ آمُت۔ بسترا اوس خزان۔ تہٕ آمہ تاو اوس ژھہ پاٹرکہ
پھالیومُت۔ کانگر اُس دٕبرِ پھٹرِت۔

موٚتہِ اوس پانس سیتی سوچان زِ کیاہ پیہ اوسہ سورُی
ایوٚمی۔ تہٕ اٚتھی سیتی پیوٚ تمِس پیہ باگھ یاد۔

مبہ چھم خبر جب چھُس ند بر انتظارس
مقرر گوب چھم خندر بیٚنز بہارس

میاعتی بیاگی کتاب

# دَہ ہیرَ دوہ

(افسانہ)

یوسہ عنقریب شایع گڑھہ

صوفی غلام محمد

